کتابہٕ ہُنٛد ناو : نعمہٕ صأب ......حیات تہٕ کارنامہٕ

ترتیب کار : ڈاکٹر محفوظ جان

ؤری : ۲۰۰۵ء

مول : Rs.450

تعداد : ۵۰۰

کمپیوٹر کمپوزنگ : محمد یوسف میروٗلی دارالکتابت (ٹینگن۔ پاپنٛپور)

چھاپ :

کتاب میلنک پتہ

۱۔ کشمیری ڈیپارٹمنٹ یونیورسٹی آف کشمیر
۲۔ کتاب گھر لالچوک سرینگر



Scanned by CamScanner

# اِنتساب

پنِتِس بابہٕ صأب مرحوم خواجہ غلام محمد شاہ صأبنِہٕ
ناوٕ یٚمی ہِنٛدِس سالیس تل میٚنہٕ لیکھٕن لوگ

محفوظ جان


Scanned by CamScanner

# ترتیب


پیٖش کتھ ۹

اتھ چانہٕ ہو یہ آب ہمیشہٕ (محمد یوسف ٹینگ) ۱۴

حالات زندگی ۳۱

خولہٕ خط تہٕ عادات ۳۴

نعمہٕ صأبن زمانہٕ ۳۵

نعمہٕ صأبنی ہمعصر ۳۹

ریاضت ۴۷

نعمہٕ صأبنی طألب ۴۸

کمالات ۵۰

کینٛہہ ن بأتن ہنٛد وجہ تسمیہ ۵۴

نعمہٕ صأب بحیثیتِ شأعر ۵۷

شأعری:

(الف) أمی یأری کُرنس بانبرے ۸۷

افسوس چھُ تس کیٚت یُس بے یار مرِتھ گو ۸۹

أندرٕ نیٚبرے بُستھ پانے ۹۰

امارن چأنی میٚہ زأ جنم تن ۹۱

از اوس یار سانہٕ سالس ۹۲

أسہٕ مالہِ پیٚترے دیٚس ییٚتے ۹۳




Scanned by CamScanner

| | | |
|---|---|---|
| | آ بہ کس باغس پھولے بہار | ۹۶ |
| | آدن رودم یانٛ پیٛوس سادس | ۹۸ |
| (ب) | بہ بارے خان تی گوھہِ جان | ۱۰۰ |
| | بے زِ ماہ روخسار داری اے کریم | ۱۰۱ |
| | برقہِ تلی ماران گزایہ گوش وارن | ۱۰۲ |
| | بۆ مبرو کنیا چھکھ ژھارن تہٕ گارن | ۱۰۴ |
| | بوزِ ڈن چھکھ بہٕ کنیا ونٔے | ۱۰۶ |
| | بے دردِ دادِ چانہٕ | ۱۰۸ |
| | بُلبُل فراق ڈٔنی دیٛو گلن | ۱۱۰ |
| | بے رنگ بارنگ پانے | ۱۱۱ |
| | بسمہِ اللہ چھُ اسمِ پاک تَس جانٔس | ۱۱۲ |
| (پ) | پرُتھ تکبیر یارٕی تژ آونس | ۱۱۴ |
| | پان مارے امارِ چانے | ۱۱۵ |
| (ت) | تتہِ دوڈ شمہن میانہٕ کھوتہٕ ژور یے | ۱۱۶ |
| | تل برقہٕ از روے یانہٕ تے | ۱۱۹ |
| (چ) | چشمن چشمہٕ گوآب گُی ژورٕے | ۱۲۱ |
| | چھُ ساقی مژ موے خانس | ۱۲۲ |
| | چھوِ راؤنس اُری عشقہٕ مَسن | ۱۲۴ |
| | چھُ دلبر جلوِ ہاوِتھ بہ چشمے زار دیکھو | ۱۲۶ |
| (ح) | حمد بے حد یارٕ دچھم جانانہٕ تے | ۱۲۷ |
| | حُسنن دِل نیوم زُلفن تہٕ خالن | ۱۳۰ |




Scanned by CamScanner

(خ) خابہ منز دلبرن ہودنم پان ۱۳۲

خابک تاپر عاشق زانے ۱۳۵

(د) دِل نیُوتھ کنژ رُتھ جان ۱۳۷

داوِ چانہِ یارو پان مارِیے ۱۳۸

دِے نو نجم منہِ ۱۳۹

دلبرو منیہ دِلس کاس گانگلے ۱۴۰

درآرزوے آں صنم ۱۴۲

دِل چھُے معصوم شُر للہِ ناؤن ۱۴۳

دوسہِ ونے کوسہِ لدن کاتھہ نہِ کران یأری یے ۱۴۵

دالس بُتھ میٚل گوم ۱۴۷

دِکھنا درشن یکھنا سالس ۱۴۸

(ر) رندانہِ گندو جورے ۱۵۰

رؤ زِتھ ہے سوز وَنے بوز تے سوندر مالُی یے ۱۵۱

رسہِ رسے دِل نیُوئم اَسہِ وِنی مارے مُتی ۱۵۲

(ز) زؤ نہِ کھوتہِ زیبان پننے چونہِ ۱۵۴

(ژ) ژگوھتے جستہِ ہے ویسی ۱۵۶

(س) سُنز تہِ ووکنز ؤنی دِتی نے تس ۱۵۸

سردار ربتھ تہِ ربتھ سردار ۱۶۰

ساقیا موے چاوامہِ عشقہِ وانے ۱۶۱

(ع) عشقن چھُے مَس پیالے ۱۶۳

عشوِگرن اَی ظالمن ۱۶۵




Scanned by CamScanner

| | | |
|---|---|---|
| (غ) | غارِ یار درکار ییٚنہٕ نو یار کانٛہہ | ۱۶۷ |
| | غفلتہٕ نِشہ گوھتو بیدار | ۱۶۸ |
| | غفلتہٕ نِشے گوھتو بیدار | ۱۷۰ |
| (ق) | قدر کرِ ھنہٕ موٗذر مَس چکھ | ۱۷۲ |
| (ک) | کس وَنہٕ یارٕ دود مَس گوم چاوٕتھ | ۱۷۴ |
| (گ) | گوھنتہٕ ہے وینٛسی بالہٕ یار میون کرہے | ۱۷۵ |
| | گژھ سَے چانہٕ امارے | ۱۷۷ |
| | گوڈٕ کر چشمہٕ پُرنم | ۱۷۸ |
| (ل) | لا تے الا اللہ کر تو سرے | ۱۸۰ |
| (م) | متوژلتم متوژلتم توری پتہٕ لارٕ ے | ۱۸۲ |
| | متہٕ مو روش متہ مو روش | ۱۸۵ |
| | میٚہ نازون بو وندے کزون | ۱۸۷ |
| | مردن ہنزے وتے نامرد ونِہٕ نو تتے | ۱۸۹ |
| | مے داد س گوم بیداد مے کر آزاد دیکھو | ۱۹۱ |
| | معشوقو مولتھو مولو | ۱۹۳ |
| | موے چون کیٚا سمبُل | ۱۹۴ |
| | ملیہ چانہٕ روڈم راتھ تہٕ دوہ | ۱۹۵ |
| | موے چونس موے خانہٕ مُتٕ ییٚ لو | ۱۹۸ |
| | مَس دِتُم یارن گُرِ نس مَس تَے | ۲۰۰ |
| | مرزنہٕ پانو کر سرے | ۲۰۲ |
| (ن) | نِشہٕ یار آمت اوے ناو نے | ۲۰۴ |




Scanned by CamScanner

| | | |
|---|---|---|
| | نِشہِ چھے پانس گوھ بیداز | ۲۰۵ |
| | ژٔرو ژٔروصچکہِ ژٔرو | ۲۰۷ |
| (و) | وَتہِ گتے پانہٕ میانیو کتھ چھ روزان کاٗلی یے | ۲۰۹ |
| | وُنِ برسنگ نقش کھٔن | ۲۱۰ |
| | وُنی دِمے ووٚلرن یتہِ وبوارن | ۲۱۲ |
| | وَنے کیٚا یہ چھُ درآفاق ہماتن بامبر | ۲۱۵ |
| | ووٚن دیوٚنس سے چھُم توٚن یے | ۲۱۶ |
| | وُنی میٚہ دِتی مے کوچہِ بازار | ۲۱۷ |
| (ہ) | ہاے ویسٕی چھُم اضطراب امٔن | ۲۱۸ |
| | ہایارِ زاٗ جتھس نارِ وولو مارِ متیو | ۲۲۰ |
| | ہاپانہِ غاٗفلہِ بیکسو | ۲۲۲ |
| | ہوٚگے جوش دیوٚ منہِ کلہِ | ۲۲۴ |
| | ہاوس دزاایس حالہِ دِل باوس | ۲۲۷ |
| (ی) | یہ کتھو صاحبو کنبر گو | ۲۲۹ |
| | یاچھُ دیدن نتہِ درمن | ۲۳۰ |
| | یِی میٚہ لوٚبم تی یارِ رووٚم | ۲۳۲ |
| | تیم نے یارِ پانٕ مارس | ۲۳۵ |
| | یس لایہ نادٕنہ چھُم عیشہِ | ۲۳۶ |
| | یاچھُ دردیدٕ نتہِ درتن | ۲۳۷ |
| | یہ چھُ پیر میوٗنے درکوہِ ماران | ۲۳۹ |


☆☆☆


Scanned by CamScanner

# گوڈ کتھ

شاعری چھےٚ اکھ عملی تجربہ تہٕ گنہٕ گنہٕ چھےٚ یہ اکھ توٚ ہ تصویر وۄتلاوان یتھ نہٕ حقیقتس ستۍ کینہہ تہٕ واسطہٕ چھُ آسان۔ بیشتر شاعری ییٚتہٕ وسیع تجربہٕ ضامن چھےٚ تتہٕ چھہٕ اَکھ اِکائیہ پہلوٗ تہٕ تجربن ہیٚنٛدِس قالبس ترٛاونہٕ یوان۔ شاعری لوٚب عرب سرزمینہٕ منٛز زاہِنٛ تہٕ مغربی ملکن تام وہرودٕن پنٛن داتھر۔ ییٚتہٕ طرفہٕ سجود شاعری پنٛن نہٕ ختم سپدن وول باغ چینن، ہندوستان، افریقہ تہٕ باقے وسطی دُنی یہکین ملکن منٛز۔

عرب ملکن ہنٛزٕ شاعری پھاٚلوو پنٛن دامانہٕ تمام وسطی ایشاٰیی ملکن تام ییمہٕ ستۍ یمن علاقن ہُنٛد شارٕ ادب نہ صرف ڈسوار سپد بلکہٕ ژاواتھ منٛز نوٚو زُونہتہٕ تہٕ۔ وسطی ایشاٰیی ملکن خاصکر ایرانی شاعری کوٚر پٕژ بر صغیرُک شاعر و ادب حدٕ روٚس متاثر، یتھ منٛز بیشتر آریاٰیی زبانہٕ شامل چھےٚ۔ میانہٕ ونٛنک مطلب چھُنہٕ ہرگز تہ یہ زبر صغیرس منٛز کیٛاہ اوسنہٕ جمول ادب

موجود بلکہِ چھِ یہِ اکھ حقیقت زِ ارتقاتہٕ خلط ملط چھِ دِنیچ اکھ لازمی عمل تہٕ امی عملہِ ہُنٛد نتیجہِ چھُ یہِ زِ اکھا کی ہندی اثرات چھِ زندگی ہنٛدِس پرٛتھ پہلوس متأثر کران آمٕتۍ۔

یتھ کتھِ ہیکہِ نہٕ کہنۍ انکار کٔرِتھ زِ کشیرِ اوس بروٚنٛہہ کالہٕ پیٹھے شاعری ہُنٛد ماحول آیہٕ تَن۔ البتہٕ اَس اکھ فرق واضح زِ ہندو دورس منٛز اَس بیشتر شاعری سنسکرت پٲٹھۍ سپدان تہٕ اسلامی دورس منٛز آیہٕ شاعری سنسکرت علاوٕ فارسی تہٕ کأشرِ زبأنۍ منٛز تہِ کرنہٕ۔ سنسکرت زبأنۍ ہُنٛد رُدرَت، سری کانت، بھٹ نایک، بلہن، اتپل دیو، سباکر تہٕ شتی کنٹھ بیترِ چھِ شاعری اَکِس تھٔدِس مقامس پیٹھ واتناوان یمہِ کِنہِ بدولتہٕ کشیرِ شاردا پیٹھ ناو دِنہٕ آو۔ اَتھی پٔرٛت منظرس منٛز چھُ ملا احمد کشمیری، خواجہ محمد اعظم دید مُری، غنی کشمیری تہٕ حمید اللہ شاہ آبأدی بیترِ پننِس ادبی سفرس منطقی انجامس تام واتناوان۔ اتھ لرِ لوٚر اَس اکہِ طرفہِ سنسکرت آمیز کأشرِ شاعری ہنٛز بزرگ ترٛین شاعر لل دید زاینٛ لبان تہٕ بییہِ طرفہِ اوس علمدارِ کشمیر پننین تجربن شاعرانہٕ زیو دِنِس منٛز پیش پیش۔

گوڈ کہِ یہِ کتھ چھنہٕ واضح سپدان زِ شاعری چھنہٕ کشیرِ ہنٛدِس سرزمینس آدن کالہٕ پیٹھے باگہِ آمٕژ۔ یتھ منٛز رنگارنگ تجربہ

ہُنٛد موضوٗع تہٕ دبوٚصناونہٕ یوان۔ طنز، ظرافت، ہجو تہٕ ٹھٹھہٕ مسخری ہٕنٛدؠ موضوٗع تہٕ چھِ شاعری ہٕنٛدؠ نہٕ ہنت ہیٚوتو۔ یِمَن مثال کھیمندرٕ نِمَن کتابن منٛز میلان چھِنہٕ۔ صوفی شاعری ہٕنٛدؠ اہم اشارٕ چھِ ابھنو گپت ہٕنٛدِ پیٚٹھے میلان تہٕ اَمِ بازگشت چھِنہٕ شتی کنٹھنہٕ ''مہانے پرکاش'' ناوچہٕ کتابہٕ منٛز کٔنِن گوھان۔ لل دیدِ تہٕ نُنٛد رٕشی وتہٕ پٔدِس پکنٕچ کوٗشش یتھ منٛزتس کامیأبی تہٕ اَمِچ۔ مثلن۔

یِہِجٕ ہأرنٛجہِ پیٛو کان گوم

ابکھ چھان پیوم یتھ راز دانے

منٛز باگ بازرس قلفہٕ روٗس وان گوم

تیٚرتھہٕ روٗس پان گوم کُس مالہٕ زانے

یِمَن پتہٕ چھُ یہِ سلسلہٕ حبہٕ خوتوٗن، اَرنہٕ مال، خواجہ حبیب اللہ نوشہریؒ، مومن صأب، سوچھِ کرال، نعمہٕ صأب، محمود گأمی، وہاب کھار، شمس فقیر تہٕ بٔڈؠ رِ بیترِ برونٛہہ پکناوان۔ شأعری منٛز یہِ وراثت روٗز اکہِ پیٚرِ پیٚٹھہِ بییس پیٚرِ منتقل گوھان۔ کُنہٕ روٗد اَکِس خاص سلسلس تحت شأعری ہُنٛد نظام کأم کران تہٕ کُنہِ گوٚو اتھ منٛز ردوبدل تہٕ۔ تاہم روٗد شأعری ہُنٛد یہِ ماحول کأشرِ زندگی منٛز ہمیشہ اہم رول اداکران۔ کأشرؠ بیشتر شأعر چھِ کأشرِ ہنٛز زندگی منٛز نہٕ صرف اکھ اہم مقام پراونس منٛز کامیاب

سپدی مَتی بلکہِ چھہِ یم کاشُرِ ثقافتکو نمایندٕ تہٕ مانٕنہٕ یوان۔ ہتھی نے شاعرن منز چھُ نعمہِ صاب تہٕ پٔژن مقام پراونس منز کامیاب گومُت۔ نعمہِ صاب اوس میونٛتھ شاعر تیمِس عوامی حیثیتہٕ کنِ لوٗکو دِلس منز جاے چھِ شہر ہو۔ اوٚہُنٛد واریاہ کلامہٕ چھُ تیمٕنہٕ کلیاتہٕ بروٗنہہ تہِ کلچرل اکیڈمی ہنٛدِ طرفہٕ چھاپ سپُز ہو صوفی شاعری منز چھپیومُت مگر بیشتر کلامہٕ اوس اچھوپ، یُس چھلہِ چھانگرِ گومُت اوس۔ اوٚہُنٛد کلام جمع کرُن تہٕ اُہنزِ زندگی متعلق زانکاری حاصل کرنہٕ باپتھ پیو مےٚ مختلف علاقن گوٚھُن تہٕ بزرگن تہٕ گیون والین سمکھُن۔ پنٛنہِ پنٛنہِ مقدورٕ موجب تیمِس نشہِ تہٕ یہ کینٛہہ مواد رٔنکو یا انفار میشنہٕ رٔنکو موجود اوس۔ یُتھ اُکرِ تھوومےٚ آیہِ تن تیمٕنہٕ کِنی بہٕ تمن سارنے حضراتن ہنٛز بے حد مشکوٗر چھُس۔ شکر خدایس کُن مےٚ گرٕ یہٕ کلیات مکمل۔ پنٛنو اہم مصروفیاتو باوجود لیوٚکھ تیمٕنہِ کتابہٕ ہُنٛد سرنامہ کشیرِ ہنٛدی بہلہِ پایہِ نقاد تہٕ محقق جناب محمد یوسف ٹینگ صابن یمنز بہٕ سیٹھے مشکوٗر چھُس۔ میون فرض چھُ زِ بہٕ کرٕ ڈاکٹر رتن لال تلاشی صابُن وڈہ وانٛجہِ شکریہ ادا تِکیازِ تِمَو روٗدی مےٚ یہٕ کلیات ترتیب دِنہٕ وِزِ رٕتی مشورٕ دِوان تہٕ پنٛنہِ قیمتی رایہٕ آیہِ تن تھاوان۔ اَمہِ علاوٕ چھُس بہٕ عبدالغنی کمار (وانپورہ) صابنٛز شکر گزار تِکیازِ نعمہِ صابن کلام جمع کرنس منز تیمٕنہِ محنتہٕ تہٕ

لولہٕ سان یمو منیہ مدد کوٚر تمہٕ چھُ قابلہِ تحسین ۔ اُخرس پیٹھ چھس بہٕ ولی محمد میر محمود آبادی صابن تہِ شکریہ کران یمو پننہِ سارے مصروفیاتہٕ انوٚک طرف ترٲوتھ یتھ کتابہِ کوڑ انوٲری دِژ۔

محفوظ جان
پی ۔ جی ۔ ڈیپارٹمنٹ آف کشمیری
یونیورسٹی آف کشمیر


Scanned by CamScanner

# اَتھ چانہِ جوٚ یہِ آب ہمیشہ

نعمہ صابُن کلام بوزنہِ یا پرنہِ وِزِ چھُ گوڈٕ بوزَن یاپرَ ن واُلس سوٗرُے وجودا کہِ لطیف مِنجھر یتی ہُری گوھان تہ اَدِ چھُ سُہ ژینان زِ یہِ میوٗٹھ مُحموار کتہ پیٹھ ووتلیو تہِ تِس گوٚو بےٚ شوٗنکو پاُٹھی تہ اجازت ہینے لئارِ غوطہِ دِتھ۔ سانِمن یہ وٗنی زِ تہِ سارنے صوفی شاعرن سمکھتھ یا بوٗزتھ چھ پٔرتھ اُکس نِشہِ بیتھ ہیوٚ مانجھر یکدم لٲرِتھ گوھان تِکیازِ تمہ ساٲری چھِ پنہٕ ٕ عمن پنہٕ عمن خاص اندازِ کمن مُدرہن مس وانن ہنٛدی پاسہ کلہِ وال۔ تہمن ہندہن بیٹھاکنِ بروٚنٛہہ کنہِ چھُ زن تہِ اُزِ کہِ محاورِ موجوٗب نیوٗن (Neon lights) گاشہِ اُچھرن منٛز رسول میر نہ تیمہِ اِظہارُک ساین بورڈ لیکھِتھ۔

چھِے رسول میر شاہ باد ڈورے
کٔرِ چھ تروومُت عشقہِ دُکان



Scanned by CamScanner

ڈلی وو عاشقو چیو ٹور ٹورے

مے چھُ مورے للہِ ڈن نار

رسول میر یُس شراب بأگراوان چھُ تمہِ کس میؤٹھ آسنس چھا کینْہہ وُنن مگر یُہ ییلہِ رُمن تہٕ نمن تیلان چھُ، تمہِ ستیٖ چھُ اکہِ ڈہہ وِنہِ جوشک مژر تہٕ تور کھسان۔ یہ چھ أکس أکس رُمہِ والس دزِ ڈن ژونگ بناوان۔ مگر اَمہِ ستیٖ چھُ تمن حسن، تمن چاشن تہٕ تمن رغبتن اؤگُن لگان۔ یمن ہند چارٕ تہٕ تسکین أندی پکس منز موجود آسُن چھُ۔ باے تہُند ژھانڈُن لبُن أسی تن کریؤٹھے پہن۔ معشوق ستر روپہٕ تن یا تسنز ناگراد ٹاربن پیٹھ تکھ چشمہِ چھ حواسن ہندس اَتھ الاوس فائیر بریگیڈہٕ کی پأٹھی ریہہ نشی راوان تہٕ دگ مُشراوان۔ صوفی شأعرن نشہِ چھ صورت ہنا ورکھوان تہٕ وریہہ گوھان۔ تہندس تہٕ چھُ میؤٹھ تہٕ رسہٕ ہؤرت آسان۔ مگر یُہ یُس کأف کھالان تہٕ مستی اتان چھُ۔ تتھ چھُ بدلِ انہار آسان۔ اَتھ چھُ شراب طہورٕکی پأٹھی اکأیل تہٕ وارِیاہ پشہٕ لبن تسکین ہنز منگ آسان۔ امیک نشہٕ مأنتر اونہٕ تہٕ مسادنہٕ خأطرٕ چھنہٕ دید مان اچھ داربن تنہِ مُور اونے یوت دگ ژلراونہٕ تہٕ دود بلرواتہٕ خأطرٕ کأفی تہٕ شأفی ......یتھ ہوی ڈشنٕ تہٕ ڈہہ وِنی سامنہٕ ہکبن سیرِ اسرار کمن غأبی طاقچن پیٹھ ژٕژھرِ تھ



Scanned by CamScanner

ژیشہِ ضُرین تام واتنہٕ خاطرٕ پلو کرٕنکی نکھ ڈکھ یاہیرٕ پأوی ٔنتھ۔ مگر ژکہِ چھ یمہٕ گیتھ من سرایہ ہٕندبن طمرن پٹھ خیالن ہنٛز ژھٹہٕ شکأری پکہٕ نأوِتھے اتھِ یوان۔ یتھ أسی لاشعور ونو یا شش کل ونان چھِ۔ سرمستی، سرخوشی تہٕ عرفانک اصل تہٕ اوٗدٕر مانسرور چھُ یوٚہے آسان۔ تہٕ اوے چھُ امیک سرور زیادٕ مزٕ دار نے تہٕ یقینی طورکتہِ کور ژوٚر پوشہٕ ڈن واریاہ زیادٕ پُشرن وول تہٕ بخشن ہار بنان۔ تِکیازِ کایا چھ فانی آسان تہٕ اتھ لاشکھ لذت تہٕ تتھُے۔ اکأیل چھ ذہن تہٕ روحأنی سرورس ہتی وأتھ تہٕ اوٚے فناتہٕ بانبرِ ہنٛد بو لارنو پھیار تہٕ واریاہ اپور۔

نعمہٕ صأب چھ رسول میر تہٕ صوفی شأعرن منٛز باگ کتھ تام سونہٕ لأنکہِ پٹھ ہتھ باسان۔ تس اوس میر تہِ ہم کال تہٕ واریاہ صوفی شأعر تہِ ڈچھن کھووری۔ مگر تہنٛز مزازٕ ژاے اُس زن تہٕ بیوٚن بیوٚنے۔ تہنٛدِس کلامس منٛز کوتاہ ساز، کوتاہ شرٛ ونی تہٕ کأتیاہ سنطور ہِچھِ وزان۔ تمیک اندازٕ ہکہٕ تسنٛد بو کینؤ وگوڈتو ہتی سپدِتھ۔ یم چھ از لگ بگ دوٚ یوٚہتو وٕری یو پٹھ سانہٕ زبأنی ہنٛدی ساروے کھوتہٕ ڈیٹھ ونی تہٕ مقبوٗل بأتھ۔

بُلبُل فراق وٕنی دیوٚ گُلن

اَمَن سُہ مدنوار

رِندانہٕ گِند و چٲرے      حورے مےٚ دِل نیوٚنم



ژٕ گوھ تے جستہٕ ہے وٕنِسی اَستہٕ ونیار سے
سُہ بوزیا یا نہٕ بوزیا توتہٕ ون یار سے



متہٕ موروش متہٕ موروش      پوش ہولا گے ووزا لیے لو



عشقٕ گرن اَمی ظاٗلمن      برٕ کُرٕ نم لولکی چمن



یا چھُ دیدن نتہٕ درمن      یار کتیو ژھانڈن



لیس لایہ نادسُہ چھم نیشہٕ      کمیو شیشہٕ چونس بے



دادِ چانہٕ یارو پان ماریے      لیے پتاٗمو



یم چھِ صرف کینٛہہ نمونہٕ۔ نتہٕ چھ نعمہٕ صاٗبن سوٗرے کلام
زن سُر ساگرٕ منزلیہٕ ہُنٛد پمپوش ہیوٚ زن پھٹان ییتھ حدس تام
زِ گوڈٕ گوڈٕ چھ برم گوھان زِ سُہ چھُ حبہٕ خوتوٗن ۔ رسول میر تہٕ
مہجورٕنی پاٚٹھی محض تعشوقہٕ شاٗعر۔ مےٚ چھ ژٕ بتس ییلہٕ بخشی غلام محمد

صأبنہٕ وزیرِ اعظمی ہندِس رونہٕ دامانہٕ لاگِتھ زمانس منز کلامِ رسول میر بادشاہ سُند دربار مُشکاوان تہٕ پنہٕ بولاوان اوس، اُس تیشز اکھ شأہی لوتجِ سازٕ سرودٕ کہِ وقتہٕ رأسے بیوٚن نیران تہٕ پنٕنز ڈوڈأنٹ اِندر سجا الگ سجاوان۔ تِمن آسہِ ہے ظأہر اپنٕس زِتھس تہٕ زوراوار بخشی صأبن کینژھاه حیا کینژھا بیم تہٕ کینژھا ٹھور گوھان لِتس تھی ما آسہکھ نہ پنہٕ تِمن چالن ڈالن، مزن تہٕ مستین، لُطفن تہٕ لذتن تہٕ کھُلہِ ڈُلہِ واش کرنک وار بنار یوان۔ توے اُس پنہٕ تِمن من پسند ساز ندرن رأسے اِشارٕ ہاوان تہٕ بیٚیہٕ گنہٕ شایہ سازن نازکرناوان۔ بخشی صأب اوس آکاش۔ لِتس تہٕ ما آسہِ ہے پنہٕ تِمن کِنسین ہُند ٹھور دوٗر گوھان تہٕ اَوٕ آسہِ ہبس پنُن کھڈارٕ کرنس یِیلہٕ گی باسان۔ بہرحال بہ آس اکہِ دوہہٕ اَتھ وٕستھ ہوِس سازٕ دائرس منز ولنہٕ۔ اَتہٕ اوس نہٕ رسول میر گوبس کُن زیادٕ مأل تہ کیازِ تیلہِ کیا روزوو یمن تہٕ بادشاہ محفلہِ پھیرٕ؟ اَتہٕ اوس نعمہٕ صأبس بوش۔ تہ اتھ مجلسہِ اوس پزے بڈس بخشی صأبنہٕ محفلہِ نِشہِ الگ صاد۔ سرور تہٕ سماع آسان۔ نعمہٕ صأبنہٕ کلامُک سازٕت تہٕ شروٗنی اوس اچھ وَل نالِکی پأٹھی شرانو شرانو وٕزان تہٕ سارِنے ڈٕمتھ نِوان۔ بیٚیہٕ اوس دوٚیمہِ دوہہٕ واریاہن زوٕ نوٚتمن پیٹھ آسان۔

نعمہ صابن کلام اوس اُزی کس دس تام کہے کہے ڈستیاب مگر ڈاکٹر محفوظہ جانہ چھ سو چھ کرالنہ پتہ نعمہ صابنی یوت کُتُل کلامہ یکجا کرِتھ اَسہ سارِنے بوڈ سو چھ کوٗرمُت۔ تِتھنہ یوت کلامہ اُکرِ ہے سونبرنہ منز جمع کرُن چھُ اکھ بوڈ کارنامہ مگر یوت سورے کلامہ بروٚنٛہہ کُن پننہ پتہ تہِ چھُ نعمہ صابنہ کلامُک مجموعی تاثیر تہ تاثر برقرار تہ بجا روزان۔ سازِ ساز موذِرِ موذر...... یتھے سہ مطلع ونان چھ زن تہ چھ سطورن گرائے لگان تہ تِسنٛدِ اظہارکہِ معرابہ ستیٚ چھُ سنہ ڈٚنی نغمہ بارِ بکہ یوان۔ نعمہ صابنہ کلامُک مجموعی تاثیر چھُ یتھے۔ سُہ چھنہ یقیناً رسول میر نہ قبیلہ کرانیوٚک شاعر۔ سُہ چھُ صوفی لیہِ ستیٚ رٔلتھ تہ اُتھی منز شرابور۔ مگر یہ تہِ چھ پوٚز زِ سُہ چھُ زیادٕ پہن شاعر تہ اِد صوفی۔ سُہ چھُ گوبنن تہ درینٛٹھمن خیالن شاعری ہنز کھمر نہِ کھالان تہ اَمہِ چہ کھمر بائی تہ زِتنہِ ڈیچار ستیٚ تِسنٛد مزاز نے تہ شکل تہ قالب یقینی طور تبدیل کران۔ تس چھ پانہ تہ امیک احساس۔

اَمہِ لولہ گرِیٹہ کنہ مے پیشہ

فرہاد نشہ کیا لوِ ہے

یتھ میانہ جوئیہ آب ہمیشہ

کمیو شیشہ چاٗو نس موے

کوڈ چھ پانسہ فیٚچ یہ کرامتھ یہ کرشمہ زائی ہے ہنکہ کران زِ
ییم طباشیر ہوسہ کتھ تیمس وتمس منز زایہ تہ رتھ کھو ۔ نمہ صاب
چھ گوہمہ ضدی ہُنْد هاعریلہِ کشیرِ منز مہاراجی دوٗرک گژھہ پچھ
اوس ۔ سُہ اوس پانہ اکھ شالباف یعنی کھنڈواوَ...... سے کھنڈ واوَ
تیمس متعلق تمہِ وِزِ ہنز گنڈتی آسی زِ سنز مہمہ سوڈل تہِ رائی مُہمہ
کھنڈواوَ ۔ ییم بچاری آسی نہ مزدورے یوت اکھتے بیگارِ مزور ۔ ییم
نہ ہکہِ ہن کاٗم تراُوِتھ نہ کشیرِ منز ژلتھ ۔ تہِ کیازِ تہنزِ موٗزورِ
ہنْدِ آبہِ ستی اوس سرکارتہِ تیٚنْدبن پیٚو ڈارن ہنْدبن عیش عشرتن
ہُنْد گرہٹہِ چلان روزان ۔ تمن آسی نہ میلنس برابر اُجرت
دِوان ۔ اوٚڈ اوسکھ سرکاری خزانہِ لوٗٹان ۔ اوٚڈ داغ شالک ٹھیکہِ دارٕ
اوٚڈ راکھ تہِ اوٚڈ باقی سزوول تہِ شقدر ۔ سُہ اوس دوہہ رات پنہِ ٹمن
اُچھن ہُنْد گاش ہوٗنہِ پاوبن تاٗرِتھ پشمینہِ ٹیٚس چھاوان تہِ تمہِ
منز نوٗرُک گلستان بوستان ووبران ۔ مگر شامس اوس چتہِ چھوٚنئے
نیران ۔ اَکھتے اُسس گاہ بیگاہ ٹاس تہِ ٹوٗسر تہِ ویٚتر اوٚنی پیوان ۔
اَڈبن کسب دارن آیہِ نیوٚٹھ تام ژٹنہ ۔ اَتھ کتہِ کارس میٹھ
ساٗلابس منز تِتھی ہوِی مُدری باٗتھ وَنی چھُ انساٗنی کارفرماٗئی ہُنْد
سُہ جبروت ہاوان ، تیمی سُہ ہاپُت ہنجو تہِ شاہماراُسو نِشہِ وارِ کارِ تھوو
۔ تۂ ۔کم . ز۱۰ ، ۱۱ اگنوو ۔ انساٗنی Spirit حہ برتری ہُنْد یو ہے

شبُہت چھ نغمہِ صاٗبن لولہ نغمہ ۔ نغمہ صاٗبس نشہِ چھ اتھ نغمہ کری مُنڈ آلو زیادِ غاٗلب گوھان ۔ تصوف کِمن تہٕ جارن چھ تمنڈ اندریم فنکار آواز مُنڈ سہ میاٹھ سفوف بناوان ۔ یُس خیال کِمن گو برن نغمہِ گری مَتی تبُہت ہم آہنگ کران چھ زیمن مُنڈ دوٗ گنیار چھ ختم گوھان ۔ تو ے چھ نغمہِ صاٗب بتالے شاہ غفور ہندِ روحاٗنی کنغہِ مُنڈ سوخن گواٗسعھ تہٕ پننہِ آواز مُنڈ لاوبہ تہٕ پیچھر الگ ماٗنہِ راٗوتھ ہمکان ۔

| | |
|---|---|
| لچھِ بُدی پرِ دِ کیا چھسے | حدروٗس، تے بے شمار |
| ہا، اکہ مَتی پرِ دِ زالسے | مُرِتھ دوٗ ہنم کر گفتار |



کیٛشہہ نہ کس بحرس کیٛشہہ نہ کے رکنار
کیٛشہہ نہ کس کنارس پیٹھ شالماٗر
کیٛشہہ نہ کس بحرس کیٛشہہ چی ناو



ہر موکھ دچھم اُنس گنہ یے — تتہِ مےٗ ڈیوٗٹھم پننہِ نئے پان



| | |
|---|---|
| قطرہ متو ے دزاو دُری یاو | قطرے چھ بر ہواوٗ |
| ہا نعمو گنہِ ما ژھمن | یار کتیو ژھارن |


Scanned by CamScanner

یم شار چھنہٕ معمولی۔ نہ لگہٕ ہُتن ہنٛدِ سبتھر کہ نہ تعشوقہٕ توٚر کہ۔ یم چھ ذکر تہٕ فکر ہُنٛد وِیوٚر تہٕ وزن ہتھ ۔مگر توتہٕ چھکھ لفظ ورتاولوتہٕ وَے لوتہٕ وے۔ نعمہٕ صأب اوس پوٚرِ پأٹھۍ زانان زِ ہأنکنہٕ پھُٹہ دِتھ کتھہٕ،کنہٕ گوڈ موختہٕ پھوٚل گاشہٕ زٕژِ ہنٛد پأٹھۍ لفظن ہنٛزن طلہٕ داون منٛز ژونبنہٕ یِنہٕ...... خالص شعری تژاپہٕ گراپہٕ،کنہٕ واتہٕ نہٕ تَس کانٛہہ ہم عصر ۔ییٚمیُک معنہٕ یہ گوڈ نہٕ کڑنہٕ یِنہٕ زِ تَسٕنٛد توشہٕ کیا چھُ شمس فقیر یا وہاب کھارٕنن عرضین تام وأتتھ ہبکان ۔امیُک مطلب گو یہ زِ ہر گاہ ژٕہمہٕ صدی ہندبن شأعرن منٛز مثالے کرشنہٕ جو راز دان، مہجور تہٕ عبدالاحد آزاد ہوٚ ی سوخن ورأ کیہے تندلہٕ منٛز اِستادِ کرِ ہوک، اَسہٕ پیٚیہٕ مأنٛن زِ یمن منٛز اُس زیادِ پاسہ نغمہٕ گری ہنٛز نبج مہجور ہے ۔حالانکہٕ تسٕنٛد سوٗرے مُو مایہ آسہٕ ورقوتہٕ گزیندو حسابہٕ باقی دوٚن موصوفن نِشہٕ کم کہے چھُ۔ اَخٕتہٕ ما آسہٕ فلسفہٕ یا خیال انگیزی منٛز تہٕ تسٕنٛد پوٚتر باقیو نِشہٕ ہیوٚ رُے۔

سأنٛن صوفیانہٕ شأعرن ہنٛز اکھ خصلت تہٕ چھہٕ ازکل،کس تناظرس منٛز زیادَے نٔو نیران زِ تمن چھ باون تژاے بالکل کأشر تہٕ وو پرآرائشو نِشہٕ پاک۔ ژٕہمہٕ صدی منٛز گیٚے یہ صورتہٕ حال تبدیل۔ پتہٕ پتہٕ کٔنٛن شأعرن ہُنٛد گیوداُسٕتھے۔ مہجورس ہوِس تہٕ چھ باضے آکوٚچ صورت وہرولنہٕ یوان۔ زن تہ چھُ تمن خیال یا

مضمون ہیٚتہٕ کنہٕ زبانٕ منٛز سران تہٕ ذہنس ولنہٕ یوان تہٕ ہتہ اِد زور نبر نیر تھ پٔکن وہ پر بندش انتےٚ شیٚہلن تام برقرار تھاوان۔ اَمہٕ سٕتؠ چھِ سو بے پھرٕک روانی تہٕ ڈلہٕ ڈنی ڈلہٕ ڈنی برجستگی زن گوبہ کھورو پٔکن ہوان ، یوسہٕ شیخ العالمؒ تہٕ پتہٕ موصوفی شاعرو ورتاوہمو تہٕ سکہٕ ناوہمو اُس۔ یہ اُس عام کأشرس پأٹھکس یکدم وبہٕوان تہٕ خوش گوھان۔ تس اوس نہٕ باسان زِ کستوٗری ہندس بول باشس منٛز کیا چھ کانہہ پرٕ دٔر رتہٕ کٔر موجود۔ مثالے نی تون مہجور سٕند یہ شار ؎

ٹھپس منٛز زندگی ہٕندی زیادٕ دوہ یِوٚ دوَے ؎ گذراوِم
چھُ باقی قوت پرواز ؤ نہٕ میاٚمن پرن اندر
اَتھ منٛز زن چھُ کتھ ڈٕٹھی ڈٕٹھی تہٕ زور کٔری کٔری وَننہٕ آمہو۔

انہارس منٛز تہٕ چھس وہ پراٚزی ہش۔ یہ چھنہٕ شاعر سٕند قصور اصل کتھ چھِ زِ تس چھُ یہ خیالن ہیٚتہٕ کٕنہٕ زبانٕ منٛز آپراونہٕ آمٕت تہٕ سُہ چھُ اَتھ چھاونے واپس لفظن منٛز شیران تہٕ اوَے چھنہٕ اُکس عام کأشرس یہ سیٚز ڈے ٹارِ کھسان ۔ عبدالاحد آزادس نِشہِ چھُ خیالن ہنٛز یہ راب زیادے پھن موٹان تہٕ توے ییٚلہِ سُہ اَتھ

کاشرِس منز بازگوئی کران چھُ۔ رلبہٕ ہُنْد یہ کمر چھُ پرن وأنِس
تہٕ گوٚ براوان۔ اَمِکی شار نعمہٕ ہون ؎

کانٛہہٕ پاوان کاٹلِن چھِنئے یہ سودا دِتھ فریب
عاشقن ہنْدِس جنونس دولتک سامانہ ژٕے

کتھ ٹھیک چھِپہٕ مگر باوٕنس منز اَگ تہٕ گنڈ۔ توٚے پکہٕ عام
کاشُر پاٹھک پوٚھن شاین سرسری۔ اَتھ باسہٕ تسنٛز ژھتہٕ وترجہ لدٕر
مالہِ منز یہ گوٚب تہٕ پُٹھ مگر نعمہٕ صأب ہی گوٚ ہماتھ چھ پننہٕ لکہٕ
ساوٕر مستی تھِمن خیالن سفوف یوت نہ بلکہٕ مِھیوٕ رمُت گولاب
عرق بناوان۔ یُس بوزن وأنِس زوِ پیٚنٛس لادِتھ گوھنہٕ بروٚنہہ
ژھتہٕ وبترٕس شرٕ پان تہٕ رل گوھان چھُ۔ نہ چھ محاورُک کانٛہہ
ہجرتس سختی واتہٕ ناوان تہٕ نہ باوٕن گتھہِ منز کانٛہہ تھوٚپ گوھان۔
نعمہٕ صأبنی یِم کینٛہہ مصرع دِ چھتو کھ۔ یِمن ہُنْد باوٕن انہار چھُ
خوبصورت مگر اصل خیال تہٕ اَمہِ منز دوتلن وأنی پیکر تہٕ چھِنہٕ کینٛہہ
کم پایہ۔ البتہٕ یتھ طریقس منز دوکھنے چھکھ کرنہٕ آہو سوچھنے
خالِص کاشُر، ویٚز تہٕ وَیہِ وٕنی ع

صُبحکہِ وقتے نور چھِے پھولن عالم چھ اتھ دومیدوار
نظرِ چانے بیمار بلن امتن شہ مدنوار
خُمار کیا چھِے یمبرزلن ہرنن کران شِکار


Scanned by CamScanner

شکارِ چانے جنگل بلن      انتن      ئہ      مدنوار

یہ باوَن بُرٛ تہٕ وَنن وڈٕ تُرٛ چھ اَمہِ کتھہِ ہنٛز گواہ ہی دِوان ز
سون صوفی شاعر اوس نہ کُنہِ گوپھہِ کُنٛس منٛز یادہٕ ہو کٹھس منٛز صرف
پانس، گتھ دِوان تہٕ پننِٕ یوت اظہارٕ کونڈل پڑ بزلاوان۔ ئہ اوس
لوکن سٟتؠ اتھ وا یکران ۔ انٛتئ لرِلوٚر رہتھ پننہِ گفتارٕچ زوٚر روشن
کران تہٕ تمہِ کہِ گاشہٕ سٟتؠ پننہِ عمن تمن بدنصیب ہم وطنن
ہُنٛد دوٚدمُت پھوٚر بران۔ یم آشہِ تہٕ امارٕ چہ اتھ گاشہٕ گڈامس
تھپھ کُرِتھ غولامی تہٕ ظلمت کٮ۪ن آدٕلنٛمن منٛزلسن پاے ژھانڈان
تہٕ لبان اُس۔ تم اُسیا مکتبو تہٕ مدرسو منٛز سارٹیفکٹہٕ حاصل کران
کِنہٕ نہ، مگر تم اُسی حواس تہٕ خیالن ہنٛدِس سطحس پٮ۪ٹھ بیدار تہٕ
ہوشیار آسان تہٕ یہ ہے اوس اَسہِ پٔنن دأنشور طبقہٕ (باقی زبانن
ہنٛدی ماہر اُسی حاکم طبقن سٟتؠ ووتھان بٮ۪ہان تہٕ توٚے عام
کأشرِ زندگی نِشہِ دوٚر) اَمہِ حسابہٕ تھوو سانہِ زبأنی ہنٛدِ رنگہٕ ژانٛکیک
ٹوک یموٚے شاعرو پننٮ۪ن کلن پٮ۪ٹھ تہٕ بجوٚدکھ واوٕ ہالو نِشہِ۔ مگر تھدِ
خیالُک ، وُشنہِ جذبک تہٕ فراوان اظہارُک کانٛہہ تو تھ دِتھ نہٕ
چھپہِ۔ نعمہِ صابن اکھ بند کرِمیانہِ بیانُک حاصل واضح      ع

کیاوُ چھم کس پتہٕ متس      نغمہٕ ژھانڈان کاشِ آو
گوھیا دٔرن گاشہِ کس گتس      پیوم ژبتس لس چھ میون ناو

از ہیکہِ کاٗنہہ تہٕ وٕنتھ زِ ئسہ چھنہٕ گاشہٕ بِکس اتھ گٔنس

بروٗنہہ کنہٕ کمالہٕ سان سینہٕ داران ہٕلکہِ چھُ پنہٕ نٕمن لفظہٕ آنن ہنٛدِ

پرتوٕ بتہٕ اتھ ساٖنین ذہنن تام تہٕ واتناوان۔

نعمہٕ صأب نٕس کلامس منٛز چھ شارن ہنٛدی شار مصرعن

ہنٛدی مصرعہٕ تِتھی یِم لُکہٕ پرٛھن تہٕ عوأمی اعتقادن ہنٛدی ٹکسالی

ضرب بنے متیٚ چھ۔ تہنٛدِس کلامس منٛز چھُ خاص طور شیخ العالم شیخ

نور الدین وٗلیؒ تہٕ سلطان العارفین شیخ مخدوم حمزہ سُنٛد لول گرایہٕ

ماران ۔ تہٕ اتھ منٛز چھ یِمن اولیاءِ کاملن ہنٛد منقبت موجود۔ امیٚ

چھُ باقی کلامس منٛز تہٕ یِمن ہُنٛد سرٛ یہہ ناگہٕ لٔبن ہنٛدی پأٹھی بٔکھ

دِوان۔ تِسُنٛد مصرع۔

یُس گوٗدِ بمہٕ زُو، ژرار مقام

تس پتھ دوزخُک نار حرام

زَن تہٕ چھُ یہ ریشی ڈائریکٹری ہُنٛد عنوان ہیوٗ۔ یہ چھُ تتھہٕ

کٔنی عام زوٗن پتھ زِ یہ چھُ لُکہٕ باوٕ ژ ہُنٛد نورٕ عاصہٕ ہیوٗ باسان۔

تہنٛدِس کلامس منٛز چھ بتھ ہیوٗ لُکہٕ سأوی شار تہٕ مصرع ہاوان زِ ئسہ

بِکھہٕ کٔنی چھُ لُکہٕ وأنجہٕ ہُنٛد ذُبہٕ رائے بنیو مُت۔ ع

دِل نیوٗتھ کوٗرتھ جان مےٚ ماکینٛہہ تہٕ خبر چھم



شاہ چھم یتھ پننے گرے
دلبرو مےٚ دِلس کاس گانگلو
بہ بلے چائے دیدارِ ستۍ



وانگنج سپد یاہ زانہہ وطن دار



کاٗفر زُ میون گوبُت پرستے        سُجدس سُے محراب اٲتن



ونہٕ ہا کوہن روزن نہٕ گُنے



اَز یک درویش پُرفن، تمن مژ کینہہ چھ رہزن

ییمہٕ مجموعک شاعر چھُ اکھ نواگر تہٕ اکھ موٗت عاشق ۔ تصوف چھ تس چھپن جاے تہٕ تہٕ لسن پائے تر۔ مگر زندگی چھنہٕ برتھ برتھ صرف وبوارہ گنڈِ تہٕ زَپھ مال ہتھے پکان۔ اَتھ چھُ مجاز ژھارہکو تہٕ سارہکو وِہر تہٕ کل کڈان تہٕ رنزناوان۔ ییلہٕ صرف اِنسانی رتہٕ سرگربکھ دِوان تہٕ رگن مژ تمن رسن ہُند کاٗف کھالان چھ۔ یم انسانی کایایہ ہندِس وتی پیالس مژ فطرتن بُرتھ تھاوِ متۍ آسان چھ ۔ اتھ چھ نغمہٕ صرف اکھ خالص اِنسانی جبلو ہُند



Scanned by CamScanner

ترجمان بنان۔

حُسنہٕ کس باغس وُتھی تراو پھالو
موٕرِ چھم للہٕ ڈن نار سوندری



چھ نغمس نارِ بُسرے گربکھ



اَسہٕ مالہٕ پُتِرے دیس پیٚتے ووٚنی وچھو چانہٕ ڈسر پے کیا



اُوِج تہٕ زا اُوِج سیم تن اُئینہٕ کھوتے ہیٚرِ بون
صاف کیا پکان تتھ پیٹھ قلم وچھ لال در باغِ ارم



پُتِر مس بندس منز چھُ شاعر معشوقہٕ سُنٛد بدن اکھ کتاب ہیوٚ تصور کران۔ یمہٕ کس سفید ورقس پیٹھ قلم روانی پکان چھُ یہ چھُ نہٕ صرف لیکھنک سوال بلکہٕ یمہٕ کتھہٕ ہُنٛد زِ معشوقہٕ تنہٕ ہُنٛد پُرمتن تہٕ رنگا رنگ مضمون ہے بروٚنہہ کنہٕ آسہٕ۔ تتھ وچھان وچھان چھُ قلم تہٕ توشان تہٕ بےٚ پھرٚوٚک مضمونن ہنٛز عبارتھ لیکھان۔

ڈاکٹر محفوظہ جانٕ چھُ ـ ـتھ مجموعس منز نعمہٕ صائبن واریاہ


Scanned by CamScanner

کلام سومبرومُت ۔ییمہِ ستۍ تَتھ شاعرانہٕ وجود یقینی طور زیادٕ بختاوار
تہٕ فربہ گوڈ لاگنے چھِ تمہِ نعمہ صابُن سوزُرے حال اوحال تفصیلہٕ
سان ژھورمُت گورمُت تہٕ پتہٕ قلمبندکورمُت ۔یہ چھس از تہٕ
پتہٕ ییتھ خیالس پیٹھ ڈاڈ گرِتھ زِ گنڈہم صدی اُس سانہٕ
شاعری ہُنڈ سارِوے کھوتہٕ لۆب ڈن بوستان ۔ییمہِ سومبرنہِ ستۍ
گوڈہِ اتھ خیالس بیٚیہِ ہن درہر ۔

چھیکرس چھُ مے ییتھ کتھِ پیٹھ پننہِ کریمانہٕ کڈنک اظہار
کرُن زِ نعمہ صاب کتھہٕ کٔن چھ پننہِ وقتچ وہوھے کم کرنچ تہٕ زبان
مُوراونچ کوشش کران ۔امہِ وِزِ اوس کشیرِ منز اُردو تہٕ باقی زبانن
ہُنڈ آون جاون تہٕ ییتھ مجموعس منز تہِ چھ کینہہ "ریختہٕ" غزل
موجود ۔مگر باسان چھُ نعمہ صابس اُسی پننہِ زبانیٚ ہنز لاد مُوراونی
پژیان تہٕ بیر گو نوِ اظہارُک ووڈری وان سمجاؤن ۔مثلاً سون عام
محاورٕ چھ "ڈۆنی گولرٕ ستۍ وولرٕ پاژن" نعمہ صابس چھُ نہٕ باون
بلس پیٹھ امہِ ستۍ ژبڈژلان تہٕ سہ چھُ اتھ بیٚیہِ ہن حسین
بناوان ۔ ع

شُند چیہ ہملہِ گوڈ وولرٕ پاژن یے

بیٚیہِ چھُ سہ عام گنڈتمن تہٕ ڈبہ ہمران ۔اتھ کیا سماجی یا
سیاسی مفہوم آسہِ ،سو چھنے زِ پٹھ کتھ ۔مگر یہ چھُ باون ترارہ نوو


Scanned by CamScanner

پھمبر واولاگنگ اکھ سٕز تہٕ ع
دزاوٕ میانے گرٕتھ کرتھو

یہ مجموعہ چھنہٕ کاشرٕ صوفیانہٕ شاعری ہنٛدٕ ے امبر بنیہٕ ہان اورٕت بوزٕت بناوان بلکہٕ چھُ سانہٕ تعشوقہٕ شاعری ہنٛدٕس ڈری چس تہٕ دوٚیم پوٚٹ یلہٕ ترٛاوان۔

ٹلسی باغ۔ سرینگر — محمد یوسف ٹینگ

نومبر ۲۰۰۴ء



Scanned by CamScanner

# حالاتِ زندگی

نعمہٕ صأب زاو شہرِ سرینگر ۱۸۷۵ء منٛز آغہ حمام حبہٕ کدلہ۔
ییہ نامور شاعر تہٕ چھُ تمی وِز اُچھ مُوران ییلہ کأشرِ حدٕ روٚس
غرٖیبی تہٕ افلاسی منٛز ہبنہٕ اُسۍ آمتۍ۔ نعمہٕ صأب آو لوچرِ پیٚے منٛز
زیندار محل کھنڈواو کامہِ سوزنہٕ۔ ییہ اوس ژٕ ژاٹہٕ ہال ییٚتہٕ صاحب
دِل کار کسب کران اُسۍ۔ اَتھ ژاٹہِ ہالس اوس ییہ تہٕ شرف
حأصل زِ اَتہٕ اُسۍ دیٖنی تہٕ علمی مسلہٕ وبژھناونہٕ یوان۔ ییٚمہِ کنۍ
انسأنی قدرن رأچھ کرنٕچ تہٕ ازلی حقیقت زانٛنچ کل گنان
اُس۔ نعمہٕ صأب اوس اَمی ماحولُک فرد۔ اُہندس شجرے نسبس
مُتلق ہیوٚک نہ وُنیکتام کہنی دستیاب سپدتھ۔ البتہٕ چھُ وَننہٕ یوان
زِ اُمِس اُسۍ زٕ اولادِ تہٕ کتھ حدس تام چھُ صُحی تہٕ زانہِ مولیٰ۔ نعمہٕ
صأبس مُتلق چھُ ناجی منورتہٕ شفیع شوق یتھہٕ کنۍ لکھان۔

"ییمن اوس محمد نُعیم اصل ناو تہٕ شُاعری منٛز چھہِ
ییم نعمہٕ صأب ناوٕ کنۍ مشہوٗر۔ امِہن کأملنۍ راے چھےٚ زِ
ییم آسہن ۱۸۷۵ء پتھ برونٛہہ زامتۍ۔ ییم اُسۍ زیندار
محلس منٛز کھنڈواو کأم کران۔ دپان شمس فقیر اوس ییمن

مألی وَتہٕ اٚشناو تہٕ ۔ یِہندس کھنڈ واو کار خانس منز چھے
شمس فقیرن تہٕ کأم کرِہو ییلہٕ نعمہٕ صأب جان وأنسہٕ
آسہن۔ کأمل صأبنہٕ ونہٕ چھُ نعمہٕ صأبنس نچۆ ی سُند
نچۆ وُنہٕ آغہٕ حمام دُکان دأری کران۔ نعمہٕ صأب چھِ
۱۸۸۰ء ییس منز گُزرے متی ۔ تہُنڈ مزار چھُ نر پرستان
سرینگرِ موٗجوٗد "۔

مختلف بزرگن ہتی کرِ میٚہ مختلف محفلہٕ ییمن منز غلام نبی
جان ساکن چنکرال محلہٕ حبہٕ کدل ییس ہنز وأنس ۸۰ ؤری
پیٹھی چھے ، اوٚہُنڈ وَنُن چھ ،میٚہ چھُ پننس بابہٕ صأب محمد رمضان
رأتھرس نشہٕ بوٗزمُت زِ ییلہٕ نعمہٕ صأب ییمہٕ عالمہٕ دزاو أہندس
پیرِس سو چھہٕ ملیأرس چھِ شنچھ واتان۔ سہٕ چھُ اور وأتِتھ پانہٕ
نعمہٕ صأبس سران دِوان تہٕ سرانہٕ پتہٕ پٹھ چھس ونان۔ میٚہ چھے
نہٕ ژنے لرِ پھیوٗر دِنِس سمب ہیکتھ ۔ لحازا پھیرِژ پانے اورِ یور۔
دپان ییتھے أمِس پیر غُسل دِوان اوس تِتھے اوس نعمہٕ صأب پانے
اورِ یور پھیران تہٕ باضے بہتھ تہٕ روزان نعمہٕ صأب آو آبأیی مقبر شہلی
ٹینگہٕ سید محمد کرمائیؒ صأبنس زیارتس پتہٕ کنہٕ دفن کرنہٕ ۔ نعمہٕ صأبس


Scanned by CamScanner

لوگ ریاستی کلچرل اکاڈمی پوٚر۔شائع کرنہٕ چھنیہ یہ عبارت لیکھتھ
۔چھ منٛز تپسند شاعرانہ مرتیٚج ذکر۔یمہٕ آیہ کرنہٕ چھےٚ آہو۔

جناب نعمہٕ صاب ۱۲۱۴ھ
ناو کیا کرِ۔تتھ آبسے
لوٚگ نعمہ منٛز گردِ آبسے
بیدار گوو حافظ زرے......

۔یتھہٕ پاٹھی چھ کاشرِ زبانٕ ہُندیہ مایہ ناز صوفی شاعر
۱۸۶۵ء یَس منٛز نمتھ (۹۰) وٚری وانس پژاوِتھ واصِل حق
سپدان ۔نعمہ صابنس مقبرس منٛز چھ نذیر احمد ملا بسان ۔ اوٚ ہُند
وَنُن نعمہ صابُن دوہ چھ اَتہِ پژبتھ وٚری یہ مناونہٕ یوان۔ اَمہِ
دوہہِ چھ اَتہِ گیوٗن محفلن ہُند تہِ سنٛز آسان تہٕ مختلف گیوٗن والی
چھِ نعمہ صابُن کلام گیوٚتھ لوٚکن ہنٛدی دِل معطر کران۔

نعمہٕ صاب چھ کاشرِ زبانٕ ہندیو تمو شاعرو منٛز یہنٛز زندگی
ہنٛدی بیشتر حالات رأوِس تل چھِ۔ امیک انداز ہیکہِ یمہٕ کتھہِ تلہٕ
سپدِتھ زِ عبدالاحد آزاد تام چھنہٕ پنٛنس تواریخس منٛز اَہنٛز ذِکر
کران۔مگر نعمہٕ صاب تھوو عام لوٚکو یاد تہٕ پتیٚ وٚری گنڈِتھ تہنٛز
زندگی ہنٛدی یم کینٛہہ پَن یمو منٛز منیہ اتھہِ آیہِ تم ساری کرِ منیہ
قلمبند۔ممکن چھ زِ بروٚنہہ کُن نیرن تہنٛزِ زندگی ہنٛدی بیٚیہ تہِ کینٛہہ


Scanned by CamScanner

گوشہِ نٔر۔

**خولہِ خط تہٕ عادات:-** ڈیٖکتام یم تہٕ اعداد و شُمار میٚہ دستیاب سپدی تِمو نِشہِ چھُہ پیٚی ننان زِ نعمہٕ صأب چھُہ کم گواوسمُت۔ یم اُسی صفأیی پسند تہٕ خوش لباس۔ یِمن اوس نیٚوٚٹھ ریٖش۔ کلس چھِ گوڈ سوزنی ٹوٗپی تہٕ پتہٕ دستار گنڈان اُسی ہتی۔ قد اوسکھ جان تھوٚد۔ جسمہٕ کِنی اُسی کمزورٕے۔ سہل سہل چھُکھ نہٕ شرارت اوسمُت کھسان۔ موکھہ اوسکھ اسہٕ ڈن۔ یم اُسی خوش گفتار۔ لوکچارٕ پیٹھے اُسکھ کأنی نرم زِٹھمن بروٚنٹھہ کنہِ اُسی نمرِتھ روزان۔ کھنڈ واو کامہِ منز اُسی خاص مہارتھ تھاوان۔ کارخانکی ژاٹہٕ بوج کیٚو وستہٕ اوسکھ سبٹھے قدر کران۔ تکیازِ اُتھی ژاٹہٕ ہالسے منز اُس اُمی شہرت حأصل کرٕمو۔ سماع بوزنک اوسکھ سخ شوق۔ گیون محفلن منز اُسی گوھان۔ کُولٕہِ چھُہ وہاب کھار صأبن نعمہٕ صأب پنہٕ ہٹہِ گیون بوزنو وُمت۔ شاہ قلندر تہٕ شمس فقیرن تہٕ چھس گیون محفلن منز دعوتِ شرکت دِژمو۔ محفل آرایی تہٕ اوس کران یِتہِ مختلف نوقطن پیٹھ بحث اوس سپدان تہٕ کتھن اُس گیٖنز نیران۔

# نعمہٕ صاٲبن زمانہٕ

نعمہٕ صاٲب چھُ تتھ وقتس منٛز زاٮ۪ن لبان ییٚلہِ کشیٖر دوٚپرٕ حُکمرانن ہنٛدِس قبضس منٛز اُس۔ییٚہ دور اوس کاشُرن ہنٛدِ باپتھ سیاسی، سماجی تہٕ اقتصادی طور تباہ گٔن۔پزٕبتھ کاشُر اوس رنگہٕ رنگہٕ مشکلاتن تہٕ مصیبتن منٛز ہینہٕ آمٕت۔حدٕ رُس غریبی تہٕ افلاسی اوس نال وۄلمُت۔ظلم و جبر تہٕ لاقانوٗنیت اُس عروجس پیٹھ۔ تیمی تہِ دوٚپرٕ حُکمرانن کشیٖرِ پیٹھ قبضہٕ کوٚر، پزٕبتھ اُکی کوٚر پنٕنہ پنٕنہ رنگہٕ لوٗٹھ۔ ساسہٕ واد معصوم کاشُرن ہُنٛد سپُد خونِ ناحق۔ اُتھی چھلہِ چھانگرِ تہٕ تباہ گاٚمتس سیاسی، اقتصادی تہٕ سماجی نظامس تہٕ ماحولس منٛزلوٚب نعمہٕ صاٲبن وۄتھہٕ واشر۔جوانی ہُنٛد قیمتی وق گُذرٕن پٹھان حکمرانن[1] ہنٛدِس ظالمانہٕ سایس تل۔ پٹھانٕن پتہٕ یعنے کنوہمہِ صدی منٛز چھُ کشیٖرِ ہنٛدِس تواریخی منٛز بیاکھ سیاہ دور شروع گومُت۔ سُہ گوو سِکھن ہُنٛد دور[2]۔اگر چہ وقتی طور کاشُرن

یہ گمان گوو زِ شاید میلہ ووٚنی تمن مشکلاتن تہٕ مصیبن نشہٕ نجاتھ
مگر پز رچھُ یِی زِ تم آیہ اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ منحوسی تہٕ مایوسی منٛز ہنہٕ۔
ظُلم وجبرس روٗد نہٕ کانٛہہ حد۔ تکیاز سکھو کرٕ پٹھان حکمرانن
ہنٛدی قونون ہیٚنہٕ تہٕ سخ ۔ وتہٕ پکُن تام اوس باج ہنہٕ یوان۔
کأشرٕ بن ہنٛزِ طرزِ زندگی تہٕ مذہبی معاملاتن منٛز آیہ مداخلت کرنہٕ ۔
اتھ گٔڈ ری دورس منٛز آیہ بانگ پرنس پیٹھ تہٕ پابندی عأید کرنہٕ۔
مسجد آیہ تباہ کرنہٕ۔ بڑٕ ماز مارُن آو ممنوع قرار دِنہٕ۔ یُس تہٕ کانٛہہ
شخص خلاف ورزی کران نظرِ گژھہِ ہاسہٕ اوس یاتہٕ قتل کرنہٕ یوان
نتہٕ اوس تُسنٛد جاداد ضبط سپدان۔ قأدِ سنگیپنگ تہٕ اوس رواج۔
اَمیُک صوٗرتحال چھُ موٗرکرافٹ یتھ کٔنی بیان کران:-

یتھ گامس منٛز اَسہِ ٹھہراو کوٚر سہٕ اوس الہ پلہٕ
وأران ، تہٕ گُنہٕ ہے کانٛہہ پتھ کُن روٗ دمُت اوس ، بہٕ اوس
اُنتھہ روٚس ذلتُک ٹاکارٕ رپھ۔ اگر نے گُنہٕ قسمُک اتھہِ
روٚٹ کرنہٕ آو تہٕ نظامس منٛز کانٛہہ تبدیلی آے نہٕ اَننہٕ
باسان چھُ زِ مُلکُک یہ حصہٕ آسہِ عنقریب بسکینو ورأے
باسان چھِ سِکھ چھِ کأشرٕ بن مشکلنے چاروأین ہنٛدِ
کھوتہٕ بہتر زانان۔ یِلہِ کانٛہہ سِکھ کأنسہِ مقأمی شخصس قتل
چھُ کران ، تس چھُ شُراہہ پیٹھ وُہن روپین ہُنٛد جُرمانہٕ یوان


Scanned by CamScanner

کرنہٕ۔ تہٕ پٔتھ چھنہٕ ژور روپیہٕ مارٕ گژھتۍ سندِس عیالس
میلان، اگر ہیوٚند اوس۔ مسلمان ہے اوس تہٕ زٕ ے روپیہٕ"۔[1]
اَمہٕ پتہٕ چھُ بیاکھ دور ۱۸۴۶ء منٛز شروع گوھان ییلہٕ ڈوگرٕ
حکمرانو[2] کشیٖر برطانوی حاکمن نِشہٕ مُلہٕ ہیوٚ ۔ یہ تہٕ اوس کاشرِ ن
ہنٛدِ باپتھ نہایت مایوس تہٕ تباہ کُن دور۔ سوٗد خأری، وڑدأری،
چھدأری، جاگیردأری، سزدول تہٕ بیگارِ ہنٛدۍ قونون اُسۍ سختی
سان لاگو سپدۍ مٕتۍ ۔ نوکری کرنٕک یا لِکھ پٕر کرنٕک اوس سبٹھاہ کم
رِواج۔ دوہ مٕزوٗرس اوس مُشکلے کامہٕ دوہ میلان۔ ظلم اوس اتھ
حدس تام زِ مٕزوٗرس اوس مٕزوٗری مشقتھ کٔرتھ سرکارس ٹیکس
دِین پیوان۔ پٔتھ چیزس مالیہٕ بٕڑی بٕڑی اُسۍ کأشری پیٚٹھ آمتۍ ۔
یمہٕ کِنۍ عام لُکن ہُنٛد زِندٕ روزُن مشکل تہٕ محال اوس۔ یہے چھُ وجہ
زِ کأشری اُسۍ یڈٕ پالنہٕ موجب پنجاب، امرتسر، کلکتہٕ، دِلہٕ، لاہور تہٕ
بێین مختلف شہرن مٕزوٗری کرنہٕ گوھان۔ نمہٕ صابن وُچھ مہاراجہ


Scanned by CamScanner

گلاب سنگھُن تہٕ اُخری ایامن منز رنبیر سنگھُن تہٕ دور۔ مگر پژتھ کانٛہہ وہ پر حکمرانن ہُنٛد دور اوس کاشُرِ بن ہندِ باپتھ اکہٕ نتہٕ بیٚیہ پاسہٕ پرٛ آشوٗب۔

ادب چھُ زندگی تہٕ انسانی سماجُک ترجمان تہٕ پننہٕ زمانُک تہٕ پننہٕ ماحولُک اُنہٕ مانہٕ یوان۔ ادبس منز چھُ ورگہٕ یا تٔنٛز پاٹھی حبسا گہی ہُنٛد پرتو موجود آسان۔ مگر یِژ تام سانہِ صوفی شاعری ہُنٛد تعلق چھُ اکثر صوفی شاعر چھنہٕ پننہٕ وقتکہ صورتحالُک ذکر کران۔ اتھ کیا وجہ چھُ۔ یا تہٕ چھا تم صرف صوفیانہٕ لیہٕ منزٕ یوت آٚری روٗدی متی نتہٕ ماچھِ وٕتکس سرکارس خلاف زِ مُشرِرنس کھوژان اُسی متی ہتکیا زِ تمہِ وقتہٕ کیو حکمرانو اُسی کاشُرِ بن ہنٛدِ باپتھ تِتھی ظالم قونون بناوٕ متی زِ یُس تہٕ کانٛہہ سرکارس خلاف کتھ کرِ ہے تس اوس سنٛگین سزا دِنہٕ یوان۔ ممکن چھُ اُمی مجبوری تہٕ خوفہٕ کنہِ تہِ ما آسہے سانٛین صوفی شاعرن ہنٛز زبان بند۔



Scanned by CamScanner

# نعمہ صأبنۍ ہمعصر

صوفی شأعری ہُنٛد آغاز یِوٚ دوے ژودأہمہِ صدی منٛزٕ ے للہٕ واکھو تہٕ شیخہٕ شرٛکیو ہٕتۍ سپدان چھُ مگر اردأہمہِ صدی ہٕنٛدِس اختتامس تہٕ کنٛوہمہِ صدی ہنٛدِس آغازس منٛز چھُ صوفی شأعری ہُنٛد گرٛزبوٚ کٔشیرِ ژوٚکاپاسے ترو تازٕ کران ۔ اکثر صوفی شأعر چھِ اُتھی صُدی منٛز پننہِ روحأنی کمالہٕ ہٕتۍ کٔشیرِ ہُنٛد فضا معطر کران تہٕ کأشرِس ادبس بُرٛزر کرِتھ صوٗفی شأعری ہنٛدِس دأیرس وسیع تہٕ بناوان ۔ یِمن گونماتن تہٕ تھدِ پایکین صوفی شأعرن منٛز چھُ رحیم صأب ، رحمان ڈار ، سوچھِ کرال ، نعمہ صأب ، شاہ قلندر ، شمس فقیر ، واز محموٗد ، وہاب کھار تہٕ احمد بٹوأر بیترِ زیادٕ پٔہن قابلہِ ذکر ۔ امیک تذکرٕ چھُ موتی لال ساقی تہٕ یِتھہِ انمانہٕ کران :-

"موٗمن صأبس پتہٕ آے اتھ مأدانس منٛز تِم ڈیکہٕ بڈی لوٗکھ یِم صوٗفی آسنس ہٕتۍ بڈۍ شأعر تہِ چھِ ۔ یِمن منٛز سوچھہِ کرال ، کرم بُلنٛد ، نعمہ صأب ، رحمان ڈار ، رحیم صأب ، وہاب کھار ، شمس فقیر ، احمد بٹہٕ وأرۍ ، صمد میر ، اسد پرے تہٕ احدزرگرس ہوی قداوار شأمل چھِ ۔ پننو ستہٕ رنٛگہِ وونٛدٕ تجربو ہٕتۍ کوٚر یِمو شأعرو کأشرِس بجہٕ ، گوٚنہٕ تہٕ سنہٕ



Scanned by CamScanner

ؤنہ کتھ وبتر اوٹک تہٕ باوٕنک ہُنر عطا ۔ یہ چھےٚ یِمنےٚ لوٗکن
ہنٛز برکت زِ دہ پر اتھن تَل تہٕ رۄد واو ہالہٕ منٛز کاشُرِ شاعری
ہُنٛد ژونگ دزان تہٕ اوٚند پوٚکھ گاشراوان ۔ یِمن صاحب
حال تہٕ صاحب قال لوٗکن ہُنٛد یہ رول چھُنہٕ کُنہِ پأٹھی تہٕ
مُشراوُن تہٕ نظر انداز کرُن لایق ۔ سماجکی ذمہٕ دار تہٕ اقتدار
وألی لوٗکھ ییٚمہِ ساتہٕ کأشرِس نچہٕ نظرِ وُچھتھ ٹھونچہٕ أسی دِوان
سانہِ صوفی شأعر تھأو کأشرِ چ مشألی دزٕ وِنی ۔"[1]

تہٕ اوتار کرشن رہبر چھُ پننہِ راے یتھہِ پأٹھی پیش کران :۔

صوٗفی فلسفچ بُنیاد چھےٚ در اصل شیخ العالمؒ نی ڈٲسر
پیوان ۔ یہ فلسفہٕ چھُ کأشرِ شأعری منٛز دوہ کھوتہٕ دوہ بُرژر
تہٕ پوچھر لبان ۔ تُرٛوٛہیمِس دورس (۱۷۷۵ء ۔ ۱۹۲۵ء)
منٛز چھُ یہ خاصکر سبٹھاہ زورٕ شورٕ سان گژایہٕ ماران ۔ شمس
فقیر، سوچھِ کرال، شاہ غفور، رحمان ڈار، نعمہٕ صأب، رحیم
صأب، عبدالاحد نأدِم، عبدالاحد ناظم، اسد پرے، صمد
پرے، احمد بٹہٕ وأری بیترِ شاعرن ہنٛدی ناوچھِ اتھ سلسلس
منٛز نیوٗ پیٹھ ہینٛز لایق"۔[2]


Scanned by CamScanner

یہ دوَے اردا ہم صُدی سوڑ وِنی تہٕ کنوہمہٕ صُدی ہندی
آغازٕ کُنی ییم ساری صوفی شاعر ہمعصر روّدی متی چھِہ مگر یمن
شاعرن نعمہٕ صابس ستی ووتھہٕ بیٹھ اُس تمن منز چھ شاہ قلندر ،
وہاب کھار، شمس فقیر تہٕ احمہ بٹہٕ واری پیتر۔

**شاہ قلندر:** -شاہ قلندر چھُ تمہٕ وِزِ زاین لبان ییلہٕ کاشُر
قوم محکومی ہندِس گٹہٕ زُلس منز ہنہٕ اوس آمُت۔ یہ دور اوس
پٹھانن ہُنْد وبکھُت دور۔ اُتھی دورس منز چھُ سون باگہٕ یوٗرُت
شاعر شاہ قلندر ڈانگر پورِ واہتھورِ ۱۷۸۳ء منز دُنی یہس یوان۔
شاہ قلندر چھُ پیر گرس منز زنم پزاوان ییمہٕ کُنی اُمی گری فارسی تعلیم
پُر تہٕ فارسی یَس پیٹھ اوسُس پوٗرِ عبوٗر۔ مگر رسمی تعلیم پُرن
واہتھورِ کِس مُقامی سکولس منز۔ شاہ قلندرن پانہٕ گیوٗن، گیوٗن
محفلہٕ لاگنہٕ ، فقیری محفلن منز بہُن تہٕ گرس منز مجادلیچہٕ مجلسہٕ لاگنہٕ
اوس اُہندبن گرِ کینن برتاہ گوھان تم اُسی اُمس یمو عاداتو کُنی
سخ ناراض مگر اُمس گو ونہٕ امیُک کانْہہ اثر تکیازِ سہٕ اوس ماناں زِ
ساز چھُ تہٕنْد غذا۔ توَے چھُ ونان۔

زِ جامِ عشق موے چوم چھُ کر آسان بشنو
رباب وساز تے سوز بجسم و جان بشنو


Scanned by CamScanner

ز دف و چنگ و رباب و ساز
زہر تارے رگِ آواز
شب و روز دے مےٚ ساز
ئہ کیا در تامی آید

شاہ قلندرس یوٚدوٚے محموٗد گامی تہٕ سوچھِ کراَلس ستی ووتھُن پہن اوس مگر زندگی ہنٛد بن آخری ایامن منٛز گوٚس نعمہٕ صابس ستی تہٕ تعارف ۔ نعمہٕ صاب تہِ اوس اَمہِ وقتہٕ بزرگ ۔ یہ تہٕ چھُ یوان وننہٕ زِ شاہ قلندر اوس نعمہٕ صاب تہٕ شمس فقیرس ستی محفل آرأیی کران تہٕ مانک شاہ صابنس مأرِس پیٹھ اوس گوٚن والین انان تہٕ نعمہٕ صابس تہٕ شمس فقیرس تہِ اوس دعوتِ شرکت دِوان ییٚتہِ پتہٕ یم کتھن دَل دِوان اُسی۔

**وہاب کھار:**- افغانٛی حکوٗمو ہُند اکھتابہٕ ییلہِ کشیرِ منٛز سوران اوس وہاب کھار چھُ ذُنہس یوان یعنے سنہٕ ۱۸۱۰ء یس منٛز تہٕ ۱۹۱۰ء کیٛت چھُ رحمتہٕ حق سپدان۔ وہاب کھارن وُچھ سِکھ حکومتک پوٗرِ جبر تہٕ ڈوٗگرِ راجک ظلم تہِ۔ سوٗدخأری، چھدأری تہٕ ؤڈدأری ہنٛدی قونٛون اُسی سختی سان کأشرِن پیٹھ لاگو گمٕتی۔ ئہ اوس اَمہِ اقتصأدی تہٕ سیأسی بدحألی زِنشہِ وأقف مگر ئہ اوس درویشانہٕ ماحولس منٛز پلیوٚمُت۔ ئہ اوس فقیر خداین تہٕ بزرگن ستی

دوتھان بہان۔ احمد صأبہٕ مجلسہٕ (علمگری بازار) تہٕ اوٗسس پیر۔ اکثر و بیشتر اوس پننس مرشدس نِش شہروسان تہٕ اُمس نِشہٕ فأض حأصل کران۔ وہاب کھار اوس گوٗن بوزنک تہٕ پانہٕ گیونک زبردس شوقین۔ پانہٕ اوس ساز ن درن منز باضے نوٗٹ تہٕ رباب بیترِ وایان۔ نعمہٕ صأبس نِش اوٗسس یُن گوٗھُن۔ یِتہٕ مجادلچہٕ مجلسہٕ تہٕ محفلہٕ سپدان آسہٕ۔ یمن منز شمس فقیر تہٕ وہاب کھار تہٕ شرکت کران اوس۔ وہاب کھار اوس نعمہٕ صأبنہٕ مجلسہٕ منز پانے گیوان تہٕ ساز وایان۔ وہاب کھارس روٗدی نعمہٕ صأبس منز اُخرس تام تعلوٗقات۔

**احمد بٹہٕ وأری:۔** احمد بٹہٕ وأری زاو ۱۸۳۸ءیَس منز بٹہٕ وارِ تہٕ (۸۰) شیٹھ ڈری وأنس پرأوِتھ چھُ ۱۹۱۸ءیَس منز احمد نگرٕ وأصل حق سپدان۔ احمد بٹہٕ وأرِس اوس وہاب کھار، شمس فقیر تہٕ وازِ محموٗدس نِش یُن گوٗھن تہٕ دوتھُن بہُن۔ یم سأری اُسی اکثر جُمعہ نماز پرنہٕ حضرتبل درگاہ گوھان تہٕ پتہٕ آسہٕ نسیم باغہٕ مجادلچہٕ محفلہٕ سپدان۔ چونکہِ وہاب کھارس تہٕ شمس فقیرس اوس نعمہٕ صأبس نِشہٕ یُن گوٗھُن۔ یپأری اُسی احمد بٹہٕ وأرس وہاب کھارس تہٕ نعمہٕ صأبنہٕ مجلسہٕ منز قریبی تعلوقات لحازہ آسہٕ ہا احمد بٹہٕ وأری تہٕ نعمہٕ صأبنہٕ مجلسہٕ منز آسان۔ یم اُسی محفلہٕ شارتہٕ محفلہٕ بحث لاگان تہٕ پننہٕ کتھہٕ


Scanned by CamScanner

کھوَچہِ کھاُلتھ نوٗقطن واش کڈان۔ احمد بٹوٗ اُرس اوس بغداد ُک روزن وول صاحبہٕ قلندر غفار صاُبہٕ تیٚر تھ مرشد یُس قاُدری سلسلُک اوس مگر احمد صاُبہٕ مچاُمس نش تہٕ اوس فاُض حاُصل کرنہِ گوٚھان۔ احمد بٹوٗ اُرنٕ عقید مَند چھِ اوٚہُنٛد دوہ پزٕ بتھ وُرِی یہٕ مناوان یمن خراجہِ عقیدت سوزان تہٕ دُعاےِ مغفرت منگان۔

**شمس فقیر:**۔ شمس فقیر زاو ۱۸۴۳ء یَس منٛز چنکرال محل حبہٕ کدٕل سرینگرٕ تہٕ ۱۹۱۴ء یَس منٛز چھُ رحمتِ حق سپدان۔ شمس فقیرس اوس اصلی ناو محمد صدیق بٹ۔ لوکٕٹے سوٗز ماُلی کھنڈ داو کارخانس منٛز کاُم کارٕ ہیچھنہِ یہٕ کار خانہِ اوس سُہ کار خانہٕ ییٚتہٕ کشیرِ ہُنٛد نامور بزرگ صوفی شاعر نعمہِ صاُب تہٕ یوٗہے کسب کران اوس۔ اَمہِ کارخانُک ماحول اوس سبٹھے پُر فضا۔ نتیجہِ دراو شمس فقیرس تہٕ روٗ دلوچہ ہے منٛز پٕتمین لوٗکن ستی وۄتھن پٮ۪ٹھن۔ یمہِ ستی اوٚہُنٛد ذہن کاُفی متاُثر سپد تہٕ تس گیہِ پختگی حاُصل۔ شمس فقیر اوس کوٚنس آسہِ کِنٛز ژاٹہِ ہالہِ نعمہِ صاُبس زبردس قدر کران یمہِ کِنٛز اوٚہُنٛد وطیرِ وُچھتھ نعمہِ صاُب سبٹھاہ مُتاُثر سپد مُت اوس۔ یہ تہٕ چھُ بوان وننہِ زِ نعمہِ صاُب نیے وَنس پیٹھ چھُ اوٚہُنٛد ے طاُلب رسول شاہ ہاکہٕ ژُرٕ شمس فقیرس روٗحاُنی تربیت دِوان۔ رسول شاہ ہاکہٕ ژُر صاُبس اوس نعمہِ صاُب سبٹھاہ رٕچھان۔ تہٕ وارِ

دِہ چھُو یہِ اعلیٰ پایُک روحانی صوفی تہٕ بُزرگ ۔ وقہ گنڈرنس ستی
یتہٕ پراوُ شمس فقیرن تہٕ تِمہِ سٕنٛدِ پایہٕ تربیت ۔ أمنز مشہوٗری
گژھ دار دار نام ۔ شاہ قلندر ، احمد بٹوٗأری وہاب کھار تہٕ احمد صأبہ
مجاس ستی تہٕ اوسُس یُن گژھُن ۔ شمس فقیر اوس قادری سلسلُک ۔
پرتھ جمعہ اوس درگاہ شریف گوہان تہٕ اتہِ پننین ہمعصرن ستی
محفلہِ تہٕ مجلسہِ لاگان ۔

غرض یمو صوفی شاعرو اردأ ہمہ تہٕ گنو ہمہ صدی منٛز زایُن
لوب یِمو دِیُت کاشرِ زبأنۍ پننہٕ روحأنی تجربو کنۍ سگ ۔ یِیلہِ أسۍ
تہند بن تخلیقی کارنامن پیٹھ نظر تراوان چھ اکھ اہم کتھ چھِ نظرِ
گوہان زِ گوڈ یہُنٛد موضوعی دٔشر ۔ امیُک اکھ وجہ ہیکہِ زِ ماحول
تہٕ أسہِ تُس یمن باگہ اوس آمت تہٕ بیاکھ وجہ ہیکہِ یہ تہٕ أسہِ
یوسہ دوتمہ بیٹھ یمن پانہٕ وأنۍ أس تہٕ پتہٕ یہُنٛد وزِ وِزِ مختلف
موضوعن پیٹھ بحث و مباحثہ کرُن ۔ مجلسن تہٕ محفلن منٛز أسۍ یم
مختلف نوقطن گنیر کڈان تہٕ پورہ پأٹھۍ وبوھناوان ۔ تہٕ نعمہِ صأب
تہٕ اوس پننین ہمعصرن منٛز زِ بُرٛ بولوٗن ژونگ تیٚمۍ پننہِ وجدأنی
کمالہ تہٕ شاعرانہ صلاحیتہ ناو حاصل کور ۔ أمس اوس پنُن
مخصوص اسلوب تہٕ مزاج ۔ یِم چھِ خأرجی اسلوب اختیار کران تہٕ
اسلامی تصوف کِس فکری پسمنظرس منٛز پننہٕ شاعری ہُنٛد دُنیاہ آبا

دکران۔ نعمہٕ صأب اوس فکری تہٕ دأری ہُنٛد شأعر۔ سأنۍ اکثر صوٗفی شأعر اُسۍ نہٕ لکھٕنۍ پٔرن زانان۔ یوٗ ہے چھُ وجہ زِ یِمَن تہٕ کأنٛہہ صوٗفی شأعر کأنٛہہ شعر ونہِ ہیٚنہٕ اوس زبأنۍ زبأنۍ یاد تھاونہٕ یِوان تہٕ زبأنۍ زبأنۍ اوس لُکن تام واتان۔ یُس زَن پتہٕ مُشتھ تہٕ اوس گوٚھان۔ یِمہٕ پَتہٕ تحریر سپدان اوس تتھ منٛز چھُ بیٚون بیٚون تلٕظ گوٚھان۔

یہ کتھ چھِ اہم زِ اَن پڑھ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ اُسۍ یِم شأعر یِمن محفلن منٛز بحث مباحثو ذٔریعہ پننہِ شأعری ہنٛز روایژ، لفظن ہنٛدۍ معنوی تأثر تہٕ شأعری ہنٛدبن باقی لوٲزماتن للہٕ کھوٚل کران۔ چنانچہِ نعمہٕ صأب اوس یژھن محفلن منٛز شریک سپدان لہٰذا ہمکو نہٕ تس ان پڑھ آسنہٕ باوجود پننہِ شعرٕ روایژ نِشہِ غأفل گٔژِتھ۔

# رِیاضت

نعمہٕ صأب اوس پانژھ وق نماز پرنٕک پابند۔ صُبحن اُسی
بانگہٕ برٛونٹھے ووتھان۔ اولیا اللہ ہن ہندبن آستانہٕ اعلیٰ ہن پیٹھ
اُسی ضرور حاضری دِوان ۔نعمہٕ صأب اوس پرٛتھ جمعہ نماز درگاہ
حضرتبل پران تہٕ پتہٕ باضے اَتی پننین ہمعصرن سٟتی مجلسہٕ تہٕ محفلہٕ
منعقد کران۔ یِم اُسی دستگیر صأبنؒ، حضرت مخدوم حمزہؒ،علمدار
کشمیر حضرت شیخ نور الدین نوٗرانیؒ، زأنہٕ شاہ صأبنؒ، نقشبندؒ صأبن
تہٕ خانقاہ مولیٰ حضرت میر محمد ہمدانیؒ بیترِ سندبن بارگاہن پیٹھ
حاضری دِوان۔ دپان اکہٕ دوہہٕ اوس نعمہٕ صأب دستگیرِ صأبنہٕ
شبس۔ یکدم گیہٕ نصف رأژ کم تام صاحب حاضر تہٕ لوگنس پٕژن
خرقہٕ۔ اَمہِ پتہٕ گیہٕ نعمہٕ صأبس پیٹھہٕ عجیب کیفیت طأری۔ یہٕ
روٗدنہٕ پننین جامن منز۔ کینژِ کالہٕ آو دُبارٕ پننس حالتس منز۔
صبحأے تھٕھے نعمہٕ صأب اتہٕ درٛاو یہٕ لوٗگ بازرس منز تہٕ وَتہٕ پکان
پکان صرف یہٕ بأتھ وننہٕ

چھم جوش عشقن سوندرے
حوٗرے میہٕ نیوٗنم ژوٗرِ دِل


Scanned by CamScanner

**نعمہ صابنۍ طالب** :۔نعمہ صاب اوس پنٕنس زمانس
منٛز مشہور تہٕ معروف۔یمن اُکر مختلف علاقن منٛز بے شمار طالب۔
طالبن متعلق ہرگاہ ازکل زیادٕ پے پناہ چھنہٕ تہٕ کرتھ تہٕ میوٗل منیہ
سبٹھاہ کوٗشش کرنہٕ باوجوٗد صرف کینٛژن ہُنٛد پے۔نعمہ صاب
۔چھ تہٕ جایہ گوھان اوس عقیدتمندن تہٕ حاجتمندن ہُنٛد اوس مالکہ
لگان۔کاتھہ تہٕ اکھا اوس نہٕ خاٗلی نیران۔اُمِس پایہ بٔڈس بزرگس
تہٕ صوٗفِس اوس یہ شرف تہٕ حاصل۔یہ اوس پرٛبتھ اُکس اَسہ دٕنہٕ
دہانہٕ پیش یوان تہٕ پرٛبتھ اُکر ہنٛز کتھ بوزان تہٕ پتہٕ یہُنٛد مَسلہٕ
حل کرِتھ یمن حاجت روا ٗیی کران۔تکیازِ اُمِی اُس لوکچارٕ پانہ
پیٹھے تَنہٕ مَنہٕ توٗھ روحاٗنی تربیت پراٗوٕمو یمہٕ کِنۍ اللہ تعالیٰ ہن
یمن دستِ شفاعطا کوٗرمُت اوس۔

اُہندبن طالبن منٛز چھِ احد صاب ( پوٗہر ہندوور) غلام
قاٗدر کرٛال (ہیرٕ کپوور) تہٕ رسول شاہ ہاکہ ژٔرقابلِہ ذِکر۔رسول
شاہ ہاکہ ژٔر اوس نعمہ صابس طالبو منٛز ٹوٹھ ہیوٗ طالب۔یہ چھُ
۱۸۱۳ءمنٛز شالہ مارسرٛینگرٕ زامُت تہٕ ۱۸۹۵ءمنٛز چھُ واصِل حق
سپدمُت۔رسول شاہ ہاکہ ژٔر اوس پنٕنہٕ وقتُک صاحب قال خودا
دوس شخص۔پنٕنو کرامَو وَکِنۍ اُس اُمِس کشیرِ منٛز سبٹھاہ مشہوٗری۔
چونکہِ ساٗنۍ صوٗفی تہٕ بزرگ اُسی نہٕ شہرتکۍ قاٗیل،تمہ اُکر نہٕ برس

فاش یژھان۔ نتیجہٕ دژاو رسول شاہ صأب چھُ کشیرِ ترأوِتھ امرتسر تہٕ پتہٕ شہر ملتانس منٛز قیام کران۔ اَتہِ تہِ اوس أہنز مشہوٗری ہُندِ سِکہٕ تہٕ أہرِ پھألیومُت ییمہِ کِنہٕ حاجتمند دوٗر دوٗر علاقو پیٹھ یمن گارنہٕ تہٕ ژھارنہِ یوان أسی۔ چونکہِ باطنی تہٕ ظأہری طور اوس گوڈے نعمہٕ صأبن رسول شاہ ہاکہٕ ژٔر صأبس شمس فقیرِ حوالہٕ کوٚرمُت تہٕ أمِس تربیت دِنِک تلقین کوٚرمُت۔ نتیجہٕ دژاو شمس تہِ اوس پننِۍ روحأنی تژلیش ہُمراونہٕ باپتھ پننِس پیرس ژھاران۔ سُہ پھیوٚر مختلف شہرن تہٕ آخر چھُ مُلتانے پننِس مرشدس نِشہِ حأضر سپدان تہٕ یمن نِشہِ روٗحأنی فأض حأصل کرِتھ واپس کشیرِ تران۔

یہ چھُ پزر زِ پژتھ کأنسہِ صوٗفی بزرگس أسی طألب آسان

یم پننِس مرشد پنٛدِس وَنس پیٹھ سأرے وُمبر گذاران أسی تہٕ یمن نِشہِ أسی روٗحأنی فأض حأصل کران۔ نعمہٕ صأبس تہِ آسہٕ ہَن بے شُمار طألب مگر وقت گذرنہٕ کِنہٕ گییہِ گُم نأمی منٛز۔ البتہٕ یمن طألبن ہُنٛد ناو مییہ ہیٚر کنہِ ہیوٚت تہنٛدی ناو چھِ از تہِ سانٛین بزرگن ویدی۔

# کمالات

نعمہٖ صأبنہٖ گرِ اوس عقیدت مندن تہٕ حاجتمندن ہُند زبردس یُن گوٚژھُن روزان۔ اَتہٕ آسہٕ محفلہٕ سماع لگان۔ مجادلچہٕ مجلسہٕ تہٕ آسہٕ سپدان۔ نعمہٕ صأبس نِشہٕ آو اکہٕ دوہہٕ مرید اکھ یُس تمام ڈاکٹرن، ہسپتالن تہٕ حکیمن پھیوٚرمُت اوس۔ تس اوسنہٕ کُنی کینٛہہ اَند یومُت۔ اُمی کوٚر پنٕن حال نعمہٕ صأبس نِش بیان۔ دپان نعمہٕ صأبن دیُت رژھِ کھنجہٕ دم تہٕ پتہٕ برٕنی چلمہٕ تماکہٕ بدلہٕ مرٕژ وانگن۔ دام جوراہ چیٚنہٕ نس تہٕ پتہٕ پلناون جچرمریضس کُن ۔مگر یہ اوسنہٕ تموکھ چھوان۔ چونکہٕ پیرمُشد اوس حُکم۔ امی چیٚنہٕ دام جوراکشہٕ، ڈیہہ کھوٚت اَسمان۔ مریضس آیہٕ ژاس تہٕ بیہوش گوٚژھتھ پیوٚو پتھر۔ ترٛبن گأنٹن روٗد بیہوشی ہندس عالمس منٛز۔ ہوش ییٚلہٕ آس۔ یہ سپُد حأران تہٕ گوٚو یکدم ژھوٚدرٕ تھتھ۔ یہ اوس بلکل ٹھیک گوٚمُت۔ نعمہٕ صأب وُچھس یِژ تام زِندٕ چھکھ تۆ تام پکھ نہٕ وونی زانہہ بیمار۔ تی سپُد تہٕ۔ دپان واریاہ کال گوٚژھتھ ییٚلہٕ اُمِس مریدس دُنیاہ منٛز نیرنکھ وق ووت، نعمہٕ صأب لوٚگ باقی مریدن ونہٕ۔ وُچھو ساجنازٕ پرٛو۔ تمہ گیہٕ حأران تہٕ دژا یہ

پھرس پتہٕ پتہٕ ۔ واُتی نونگر ( یہ چھُ شُپینس منز اکھ گام نعمہٕ صاُب
اوس اور گوھان ) اَتہٕ اُسی اُمس جنازٕ پرنہٕ کڈان ۔

نعمہٕ صاُبس اوس لوکچہ واُنسہٕ منزٕ بے کمال حاصل ۔ یہٕ کتھ
چھِ ییمہٕ تلہٕ نتان ییٚلہٕ تس کھنڈواو کار خانُکس ووستس تہٕ ژاٹہٕ
باجن ستیٚ ژار گوھُن اوس ۔ یم اُسی وتی ییٚلہٕ رۄدتہٕ واوکوٚ رُن ۔
ووستہٕ چھُ نعمہٕ صاُبس کار خانچہ دار تہٕ فردِ اندر ژلنہٕ باپتھ واپس
کارخانُس پیٹھ سوزان ۔ نعمہٕ صاُب چھُ ووستہٕ ہندِس ونس آمنا
صدقنا کران تہٕ کارخانُس پیٹھ واُتتھ ووستہٕ ہنز کتھ عملا وان ۔ تہٕ
کینژہ مدتہٕ پتہٕ چھُ واپس یمن نش واتان ۔ ووستس تۄرفکرٕ زِ نعمہٕ
صاُب چھُ اَڈوتی واپس آمُت ۔ تہٕ گوس زبردس ناراض ۔ یوٚدوَے
نعمہٕ صاُبن یہٕ سمجاونک کوٚشش کٔرییہ مگر بے سوٚد ۔ شامس یتھے
ووستہٕ واپس گرٕ ووت ، خانداریٚنیٚ لجس وننہٕ زِ نعمہٕ صاُب کیازِ
سوزتھن اڈوتی واپس بہٕ کرٕ ہا پانے دارِ بند ۔ یہٕ بوٚزِتھ گوٚو ووستہٕ
حاُران ، تس آو نہٕ یقینے مگر خانداریٚنیٚ لجس دُبارٕ وٕننہٕ سہٕ اوس پزی
یور آمُت ۔ بہٕ اُسس تمہٕ وِزِ پھرِ تلان تہٕ میٚہ دِژمَس کھبنہٕ
خاُطرٕ پھُرتہٕ ۔ ووستہٕ گوٚو حاُران تہٕ نعمہٕ صاُبنس سرس تہٕ گوٚو فاش ۔
یہٕ نہٕ سہٕ پسند اوس کران ۔

یتھے بیاکھ قصہٕ چھُ عام لوٚکن منز سبٹھاہ مشہوٗر ۔ دپان


Scanned by CamScanner

نعمہٕ صأب اوس کھنڈ واو کارخانس منز سبٹھاہ کم گوھان تکیاٚزِ
تیٚسنٛدِس برس اوس فاش گومُت ۔ سُہ اوس دُسہٕ وونٕس منز زبردس
ماأہر ماننہٕ یوان ۔ اُہنٛدس ووستس آیہٕ مہاراجہ رنبیر سنگھنہٕ طرفہٕ
دُسہٕ وونٛچ فرمائش ۔ چونکہِ یہٕ فرمائش ہیکہِ ہا صرف نعمہٕ صأبے
پوٗرٕ کٔرِتھ مگر سُہ اوسنہٕ کارخانس منز ٹھہراُنی ۔ یمہٕ کنہٕ ووستہٕ
زبردس پریشان گوٚو ۔ مہاراج سنٛدی نفر آسی دُسس یوان مگر دُسے
اوسنہٕ گژھنہٕ تہٕ پتہٕ چھُ ووستہٕ تنگ یتھ دُسک سوٗرے سامانہٕ نعمہٕ
صأبس گرِ تراوان ۔ نعمہٕ صأب چھُ اتھ تیٚلمہٕ کران تہٕ خاندارنہٕ
اتھہِ طاقچس پیٹھ تھاوناوان ۔ ووٚنی یُس تہٕ کانٛہہ مہاراج سنٛدِ طرفہٕ
دُگراہیہ یوان اوس ووستہٕ اوسکھ صرف لی ونان زِ کأم چھیہٕ
چلان ۔ دپان ووستہٕ ییلہِ مہاراج سندو نفرو دُگراے کٔری کٔری تنگ
اوٚن ۔ تمیٚ کٔر یمن نشہٕ حقیقتھ بیان ۔ یہٕ شیٚچھ واُژ مہاراجس تام ۔
سُہ چھُ ناراض گوٚھتھ نعمہٕ صأبنہٕ گرفتأری ہُنٛد حکم جأری کران ۔
یتھے نعمہٕ صأبس مہاراج سنٛدی سپاہ گرفتار کرنہٕ آے ۔ نعمہٕ صأبن
لوگ وُنن

بے زمارِ وخسار دأری اے کریم پرتوے انوار دأری اے کریم
بہر نعمہٕ مارنے آے خشمہٕ سان صد سپاہ سالار دأری اے کریم

پتہٕ لوٚگ خاندارنہٕ کٔن ونہٕ ۔ سو ژھیٚنٛچ اتہٕ یوٗری ییوسہٕ تمہٕ

دوہہ طاچس پٹھ تھاوے یتھ ۔ نعمہٕ صابن ییلہٕ پھیٚژ کھوٗج ۔
اَمہٕ منٛز دڑاوتھمہٕ قسمٕک دٔسہٕ یُس اَمہٕ وقتہٕ بے مثال اوس۔ یہ خبر
پھٲلیہ سارٕی ہے ۔ وقتہٕ کیٛن حکمرانن تام تہٕ واتٕژ یہ شیچھ ۔
مہاراجس تہٕ گٔییو نعمہٕ صابس سٟتؠ ملاقات کرنٕک شوق ۔ مگر نعمہٕ
صاب اوسنہٕ امیٚک قٲیل۔

بیا کھاکھ عقیدٕ چھُ ییتھ پاٹھؠ دپان نعمہٕ صابن گرٕ ژاوأکہٕ
دوہہ ژوٗر۔ نعمہٕ صاب اوس کامہٕ سٟتؠ آور۔ ژوٗرن دِژ سارٕی ہے
ژھاٗنڈ۔ اتہٕ لوٗبن نہٕ کہنی تہٕ ہیوٚتُن واپس نیرُن۔ اتھ دوران اوس
نعمہٕ صاب کامہٕ نِشہٕ فارغ سپُدمُت۔ اُمی کور ژوٗرس آلو تہٕ
دوٚپنس ژٕ کٔس چھُکھ۔ ژورٕ دوٗ تھُس سیوٚدٕے یہ پھُس ژور۔ نعمہٕ
صابن دوٚپنس ییتہٕ کیا چھے رٕٹھ نہٕ یہ ژادر۔ ژھوٚرے کوٚت
نیرکھ۔ کردے مولیٰ یہ بوٗزتھ آیہ ژوٗرس اُچھ ہورنہٕ ۔ سُہ لوٚگ
توبہٕ کرنہٕ ۔ پتہٕ کوٚرن نعمہ صابس زارٕ پارتہٕ نعمہٕ صابن دِژس
عرفانٕچ تعلیم۔

یمن کراماژن منٛز پوٚز اَپُز کیا چھُ۔ تتھ سنٛچ چھے نہ
ضروٗرتھ۔ مگر اَمہٕ سٟتؠ چھُ یتھ کتھ تصدیق سپدان زِ سُہ اوس
پنٛنس دورس منٛز عام لوٗکن ہنٛز نظر اکھ ووتمُت روٗحٲنی بزرگ تہٕ
پُرجلال شخصیتُک حاصل۔


Scanned by CamScanner

# کینٛژن باتن ہُنٛد وجہ تسمیہ

پرٛتھ ادب پارس چھُ وجوٗدس ینٛک کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ باعثہٕ آسان ، خواہ سو شاعری یا نثری تخلیق آسہِ۔ تتھ منٛز عشق حقیقی یا عشقِ مجازی آسہِ، سہٕ دیناوی یا صوفی تجربہٕ آسی تن ۔ کانٛہہ تیٚتھ واقعہٕ چھُ پیش یوان یُس دِل و دماغس متأثر کرنہٕ روٗس روزان چھنہٕ۔ تخلیق کار چھُ لازمن پننہٕ تخلیقہٕ ذٔریہ اتھ شکل وصوٗرتھ عطا کران۔ وننٛک مطلب چھُ یِ زِ یوٗتام نہٕ کانٛسہِ تخلیق کارس کانٛہہ تیٚتھ واقعہٕ یا حادثہٕ پیش ییہِ تۄتام چھنہٕ سُہ پننین جذباتن صحیح پأٹھی زٕو دِتھ ہیکان۔ نعمہٕ صاب تہٕ چھُ یِموے مرحلو منٛزی گذریومُت تہٕ یہ کینٛژھا تہٕ سوٗرن تہٕ سوچُن تمہِ چی دِژن اَسہِ تہٕ ژینہٕ وِنی۔

نعمہٕ صاب اوس زبردس عقیدت مند۔ سُہ اوس احترامہٕ تہٕ عقیدتہٕ سان حضرت علمدارؒ ہٕندِس آستانس پٮ۪ٹھ حاضری دِنہٕ گوھان۔ یہٕ اوس ژِمر رٮ۪تس منٛز اکہِ لٹہِ گوھان تہٕ لَتہِ تہٕ اوس علمدار ہٕندِس آستانہٕ اعلیٰ ہس پٮ۪ٹھ حاضری دِوان۔ دپان کیمو تہٕ اوس علمدارؒ سُنٛد گوھان تہٕ پتہٕ اوس تتہِ وارٮ۪ہس کالس پٮ۪تھ

ریاضتس تہٕ عبادتس منٛز مشغول روزان تہٕ تٔتی چھُن یہ بأتھ وٕ نمت ۔

ندس ییلہِ موج مول گوپھ پیٹھ آے
اکھ دئو دود بیٚنہِ رُچھنٛ کرائے
کنہِ دود موٗنگُن تے کنہِ دود دژاو
تس پیٚو نور الدین وٚلی یے ناو

نعمہِ صأبس اوس کمالک روٗحأنی کمال حأصل ۔ سُہ اوس عشمقام ژارتہٕ بٔمہِ زٕ وِنمازِ سنت پران تہٕ فرض اوس ژارِ شریفہِ ادا کران تہٕ پتہٕ چھُس یم شعر وٕ زتہٕ کرٕ ۔

یُس گوھِ بٔمہِ زٕو، ژار، مقام
تس پیٹھ دو زخن نار حرام
جنتس بِنہِ موگرِ گرے
حوٗرے میٚنہِ نیوٗنم ژٕورِ دِل

دپان نعمہِ صأبن چھےٚ وارٕیہس کالس گوپھ منٛز تہٕ ریاضت کرٕہو ۔ حسب معمول اوس اکہِ دوہہ وارٕیہس کالس گوپھ منٛز عبادتس منٛز مشغول ییمہِ کنٛزتس دُنیادأری تہٕ گرٕ کیمن شُر بن بأژن ہنٛز کأتھہ خبر اتر اُس نہٕ روزان ۔ یتھے نعمہِ صأب گوپھہِ منٛز دژاو اٲمِس گوٗز ہنگہٕ منگہِ بچہٕ مرتھ ۔ اَمہِ مٕتٕ وٕوت نعمہِ

صأبس زبردس صدمہ تہٕ پتہٕ لوٗگن یہ بأتھ وٕنن۔

مایہ چانہٕ روٗدُم راتھ تہٕ دوہ　　　ہوہو بہٕ کریو یٔژری وولو
ہأری یے ونکھا طوطہٕ ہے　　　کیٛشہ دوا کرِ ہا موتیے
پنجرٕ دِتھ گوم دِلہٕ جگرو　　　ہوہو بہٕ کریو یٔژری وولو

یم کینٛہہ واقعہٕ چھہٕ از تہٕ لوٗکن زبأنۍ زد۔ یم تہٕ تِتھۍ ہوی بیٚیہ کینٛہہ ذأتی واقعہٕ ہیکن از تہٕ کأنٛسہٕ تہٕ قأری لیس تہٕ شدِ بن تخلیقن سنٛجنس تہٕ تفسیر دِنس منٛز مدد گار ثأبت سپدتھ۔



Scanned by CamScanner

# نعمہٕ صأب بحیثیتہٕ شاعر

نعمہٕ صأبنٕ شاعری چھنے تمی رواتیک حصہٕ یوسہٕ گنوہمہٕ
صدی منز کأشرِ شاعری ہُند غالب رجحان بروٗنہہ کُن انان چھیہٕ
تہٕ یوسہٕ کأشرِ شاعری ہندِس تواریخس منز صوفی شاعری ہندِ ناوِ
ویز چھنے ۔ یتھہٕ پأٹھی چھُ نعمہٕ صأب، شمس فقیر، سوچھہٕ کرال،
وہاب کھار تہٕ رحمان ڈار بیترِ شاعری ہند قبیلک شاعر ۔ یتھین
شاعرن متعلق چھُ یُتھ پأٹھی یہٕ وَننہٕ یوان زِ اَن پڑھ آسنہٕ موکھہٕ
اُسی یمہ شاعری ہند بن تکنیکی زأوِ جارن نشہٕ اَن زان ۔ امانوز
یہٕ چھنہٕ صحی ۔ بلکہٕ اُسی یم بیشتر شاعر پننہٕ شعر ربوانیوٗ نشہٕ پوٗرِ پأٹھی
باخبر ۔ یمو یوٗ دوَے اُزکی پأٹھی کأشر شاعری درس پُرِ ہو آسنہٕ ۔ مگر
تمہٕ باوجود تہٕ اوس یمزن گبون محفلن منز مختلف صوفیانہٕ کلامہٕ
کین زأوِ جارن تہٕ زبأنی ورتاوس منز باضے بحث مباحث تہٕ
لگان ۔ یژھن صوفیانہٕ محفلن ہند چلے جاو چھُ ازکل تہٕ ییٚتہٕ مختلف
موضوعن، مضمونن تہٕ شعرہ باوٕژ پٹھ گفتگو سپدان چھُ ۔ دوٚیم کتھ
چھیہٕ پتہٕ زِ شعر وننہٕ باپتھ چھنہٕ اُزکی کِس معنے لیس منز یوٗ رُمت
لوٗ کھمُت آسن ضروری ۔ دُنیأوی ادب اوٚک طرف ترأوِتھ ہرگاہ



Scanned by CamScanner

اُسی پتھس شعرٕ سرمایس پیٹھ نظر تہٕ اوو امیک ژوٗر حصہٕ چھُ تِمن گونماتن ہندِ ذٕسی تخلیق کرنہٕ آمُت یِم اُزی چھِ ہشہِ انگریزی تالیمہِ نِشہِ نابلد اُسی۔ اماپوٗز یِم شاعر اُسی پننہٕ زمانچہ سوچن تہٕ ایہ، حتیٰ کہ تہٕ مزاژس زیادٕ نکھہٕ۔ تکیازِ تِتھی بیشتر شاعر اُسی سماجی زندگی ہندِس عامیانہٕ طبقس منٛز پزٕ تھمتی تہٕ پوٗیتی آسان۔ نعمہٕ صاب تہٕ چھُ تِتھے اکھ شاعر یُس عام طبقہٕ پیٹھہٕ اوس۔ شاید چھُ یوہے وجہ زِ اوٚہُنٛد کلامہٕ چھُ اتھ عام طبقس منٛز مقبول سپد مُت۔

اوٚہند مقبولِ عام سپدنُے چھُ اُہنزِ تخلیقی اہمیت تہٕ فنی کامیأبی ہنٛز ٹاکارٕ شہرتھ۔ نعمہٕ صأبنس دورس منٛز آسہن لتس اُندی پکھی بے شمار گونماتھ مگر تِم سأری ترٲوی پکہٕ وِنی زمانن گال کھالتس۔ نعمہٕ صأب چھُ تِمو کینٛہو شاعرو منٛز یہُنٛد کلامہٕ عوامن پننِس وندس منٛز رژھرِتھ تھوو۔ حالانکہِ نعمہٕ صأب چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ پُرگو شاعر یایہٕ زِ تَس نِش گوھِ نہٕ اَسہِ محمود گامی ہندی پأٹھی صنفی تجربن ہُنٛد گنجار نظر۔ تسُنٛد کلامہٕ چھُ زیادٕ پہن وژن تہٕ باضے غزل رنگس منٛز۔

حالانکہٕ وژنس منٛز چھُنہٕ تجربک نوبر زیادٕ اہم تہٕ غأر موموٗلی۔ بلکہِ چھُ اَتھ منٛز گُنہٕ جذبأتی کیفیوٗ ہُنٛد پزر، خلوٗص تہٕ شدت ضروٗری۔ نعمہٕ صأبنین وژنن منٛز چھُنہٕ یہِ خصوصیتھ جایہ جایہ دریٹھی گوھان ییتہِ باسان چھُ زِ یہِ آلو چھُ تمہِ جذبأتی گتہٕ

ہُنٛد نتیجہٕ یو سہٕ نعمہٕ صأبس باوٕژ باپتھ مجبوٗر کران چھِیہٕ ۔ باسان چھُ زِ نعمہٕ صأب ییہٕ کینٛہہ ماونان چھُ سہٕ چھُ تمہٕ ووندٕ ژٕ وُنمت تہٕ وبتر وومُت ۔ پرٛھن جاین چھِیہٕ نعمہٕ صأبنہِ انفرأدی شخصیژ ہنٛز موہر تاکارٕ باسان تہٕ وژرنچ خوٗبی چھِیہٕ یی زِ اتھ منٛز چھِیہٕ شاعرٕ سنٛز شخصیت تہٕ تسنٛد انفرأدی جذبہٕ نمایاں آسان ۔ مثلن ییم کینٛہہ مثالہٕ نی تو

بے دردٕ دادِ چانہِ سوٗر ہوسپدان
سوے لے مٕتھیا میانہِ یارو لو
بہ ہا لال آیہِ سے سورمہٕ تہٕ سازو
تھوٗد ووتھو مَتہٕ مہراز ولو



وٕنی میہ دِلّی ے کوچہٕ بازارو ہاو دیدار دلبرو
لُجم پھُلیاہ لولہٕ باغس تِتھی بہ زاگے بانٛژلو
لاگ بُلبُل چھاو گلزار ہاو دیدار دلبرو



نعمہٕ صأب چھُ پننین وژنن منٛز ییہٕ جذبأتی کیفیت مُد رٕلیہٕ تہٕ سازتہِ ہتی ووتلاوان ۔ یتھہٕ پأٹھی چھُ ییہٕ وژنس منٛز جذبأتی شِدت تہٕ کیفیتھ ووتلاونک وسیلہٕ سازٕ تی ۔ تکیازِ وژنس منٛز چھُ

سازِ ے معنے بنان تہٕ معنے ساز۔ وول گو یہ سازٕت وو پداوٕنکی یوٚدوَے کینٛہہ وَل شاعر و رتاوان چھِ مگر زباُنٕ وَلو علاوٕ چھُ نعمہٕ صاُب یہ سازٕت بیٚیہٕ تہٕ کینژ وطریقو پاُدٕ کران۔ مثلن سُہ چھُ بیشتر پاُٹھی پنٛنین وژنن منٛز لکہٕ آہنگ تہٕ لکہٕ لیہ ہُنٛد ورتاو کرِتھ یہنز لَے میٹھ تہٕ مُوٗجٕج بناوان۔ لکہٕ لیہ تہٕ آہنگس چھِیہ بروٚنہہ تمہٕ مخصوٗص تہنٛذ پیٚچ منظوٗری آسان تہٕ تتہٕ چھِ تمہٕ تہنٛذ یکی لوٗکھ اتھو پیٹھی قبول کران۔ نعمہٕ صاُب تہٕ چھُ اَمہٕ نشہٕ باخبر تہٕ لکہٕ آہنگن ہُنٛد ورتاو کرِتھ تمٕ تہٕ پنٛن کلامہٕ عوامہٕ باپتھ قاُبلِ قبوٗل بنوومُت۔ تٕہنٛدِ مقبوٗلِ عام سپدنک چھُ شاید یہ اہم وجہ۔ تمٕ چھُ پنٛنین وژنن منٛز تیٚتھ سازٕت وو پدوومُت یُس لوٗکن ہٕنٛدِس مزازس وِیہ وُن تہٕ پزٕیہٕ وُن تہٕ اوس تہٕ یتھ ستہٕ لوٗکن پاڑٕنیار ہیوٚ تہٕ باسان اوس۔ مثلن۔

نوٗر و نوٗرو صحکہٕ نوٗرو ... کرے گوٗر گوٗرو پھوٗلہم ژھپاُری
چینہٕ بروٚنٹھ دیوانہٕ گوٚو منصوٗرو ... پرٕنے لوٚگ سُہ اللہ ہوٗ
شوٗر گوٚو دارس لوٗدُکھ منصوٗرو ... کرے گوٗر گوٗرو پھوٗلہم ژھپاُری



مایہ چانہٕ رووُم راتھ تہٕ دوہ ... ہو ہو یہ کریو یہٕ ری وولو
تاراج ہا کوٗرنم دِلس ... یتھ گُل کراپے بُلبلس

ہو ل گوم جگر س سۆمبلو　　　ہو ہو بہ کریو یۆری وۆلو

ژھوچھن لین ہندی یم وزن چھ نہ صرف کأشرِ لُکہٕ لیہٕ نکھہٕ بلکہٕ
چھِ یم سانین روایتی نثرن بأتن ہندِس اندازس پیٹھ۔ یتھی بأتھ
آسہن پزی پنٹس زمانس دوران بوزن والین وۆلسنس انان۔

نعمہٕ صابس نِش چھُ سازورتازنک بیاکھ اہم وٗسیلہٕ
خوٗبصوٗرت تہٕ دلکش ووج مصرن ہُند ورتاو۔ وژنِکس لیہٕ آہنگس
منٛز سرشار تہٕ روأنی ووتلاونہٕ باپتھ چھُ موزوٗن تہٕ مناسب ووج
مصرن ہُند ورتاو۔ نعمہٕ صأب چھُ اَمہٕ نِشہٕ باخبر تِسندی کینٛہہ ووج
مصرٕ چھِ دِلس تھپھ ژھنہٕ وِنی۔ نہٕ صرف چھِ یم لیہٕ آہنگس
خوٗبصورت بناوان بلکہٕ چھِ کُنہٕ یم مصر مفہوم تہٕ توٗثر ووتلاونس
منٛزتہٕ لاوٗدی رول اداکران۔ بیشتر وژنن منٛز چھُ ووج مصرٕ چھرا
تکرار یُتھ یاد کھنے باپتھ ورتاونہٕ آمُت بامے یمن کُلہم شارس ستی
کانٛہہ واٹھ آسہِ یانہٕ آسہِ۔ یاوَنو زِ بیشتر وژنن منٛز چھِ ووج مصرٕ
شعرٕکس معنہِ لیس کانٛہہ ہُر بر کرنہٕ رۆستے ٹٔکر کہِ دوہراونہٕ یِوان
مگر نعمہٕ صأبٕنی کینٛہہ ووج مصرٕ چھِ باضے شعرٕکی اژھمن حصہٕ
باسان۔ مثلن۔

پننہٕ نٔے پان گوٗھہِ سوزبوز ناوٗن　　　اِد ہو بوزی ہوتے ہو
ترٛیشہِ کنہِ پننے خوٗنہٕ دِل چاون　　　چھے نوبوزان ہوتے ہو



ژنڈُن زاُلتھ کھچ نعمتھ          وونڈس روزی سو تراوتھ

دنڈ ومَتۍ زہرِ الماس کھسکھ          سوٗ دُر چھاوکھ اڈُر روزکھ

یِمن وژنن منٛز چھُ ''چھپے نوبوزان ہوتے ہو'' تہٕ ''سوٗ دُر چھاوَکھ اڈُر روزَکھ'' ووج مصرٕ۔ مگر یِم دوشوٕے مصرٕ چھِ یِمن دون شعرن منٛز لاگوٗ دی پاسٕتھ شعرٕکس کلُہم صورتحالس تہٕ توڑس منٛز شامل۔ اَمہِ حسابہٕ چھِ نعمہٕ صابٕنۍ وژن بیشتر وژن شاعری نشہٕ بدوُنہٕ تہٕ باسان چھُ زِ لفظٕ ورتاونس منٛز چھُ سُہ حساس۔ حالانکہٕ وژنس منٛز چھُ زیادٕ پہن لفظ گنٛجارٕ مَتۍ سازٕت ووتلاونہٕ یوان۔ تہٕ یہٕ لفظٕ گنٛجار گوھہٕ نعمہٕ صابس نٕش تہٕ گنہٕ گنہٕ نظرٕ مگر ووج مصرٕک برٕمحل تہٕ مناسب ورتاوٕ مَتۍ چھُ پزٕتھ لفظس اہمیت دِنس منٛز کامیاب سپدٕ مُت۔

نعمہٕ صابن چھُ یِمن وژنن منٛز علم صنایع تہٕ بدایع ہٕکۍ مختلف وَل ورتاوِتھ تہٕ ترنم پاَدٕ کوٗرمُت۔ یوٗ دَوے سُہ اَمہِ علمُک زاُنۍ یاب اوسنہٕ مگر وژنی ہیتھ پانٕناوِتھ چھِ یِمن چیزن ہُنڈ اتھ منٛز پاُنۍ پانہٕ ہن لاگوٗ دی۔ یِمو وَلو منٛز چھُ آوازن تہٕ لفظن ہُنڈ تکرار تہٕ تجنیس تہٕ شامل تہٕ گوڈٕ قافیہ تہٕ اندری قافیہ تہٕ۔ مثلن زٕچھن آوازن ہُنڈ تکرار ودٕچھو۔

یارِ دادے آرِ وَل ڈزہو چھیے
خارِ خارِ چھس میون ہیوٗر حال کس چھیے
تِتھے پاٹھی وُچھوٗ آوازِ ہُنْد تکرارِ ستی کیا چھُ لیہ ہُنْد زیرِ
بم پاٗدِ سپدٕ مُت۔

دم دِتھ دیگہِ پھرن دیوٗ وٗم
وِژِ تھوٗوٗم افسوٗس میوٗے

ہم وزن تہٕ ہو بن لفظن ہندِ برمحلہٕ ورتاوٕ ستی تہٕ چھُ یمن
وژنن منز لیہِ آہنگ شوٗبہ ؤن بناونہٕ آمُت۔ مثلن

دانہٕ پیٹھے پتھر وولُم
ٹھانہٕ تُلمس اچھا گونے
دمہٕ پھِر دِتھ دمہٕ بٲلہٕ وُم
وِژِ تھوٗوٗم افسوس میوٗے



بہ چون زُو تے ژٕ میون زُوٗ
زُوو ساتھاہ پژار
گوڈٕ قافِیہ مثال وُچھو۔
نستہٕ خنجر ستی گوس شہید گشتہٕ کوٗرنس مارا چھُ دید



وُنِ برسنگ نقش کھُنِن بُنِ گوٗھی دِلس ہوش
بسرِ ے ماژ کر پاٹھی گوٗھِ سیُنِ بسرے عشقنہٕ گوٗ نڈنم جوش
نعمہٕ صاٗب چھُنہِ پنہِ ہونرمندی ستی چھرا چھُلتھ چھکِتھ


Scanned by CamScanner

موسقیت پأدٕ کران بلکہ چھ تسنزٕ شأعری منزٕ تِتھۍ وٕزن تہٕ شأمل پیتہٕ سأری ہے وزنس منز ہیرٕ پٔتھ بون تام اکھ نفسیأتی کیفیت برقرار روزان چھےٚ یمن منزٕ باونہٕ آمتۍ جذبہٕ، خیال تہٕ احساس چھہٕ بوزن وألس پانس ستۍ ڈیتھ نوان۔

چنانچہ نعمہٕ صأب اوس عام طبقس ستۍ وابستہٕ تہٕ تمۍ چھےٚ پننہٕ شأعری منزٕ عام، سیٚدٕ سادٕ تہٕ دوہ دِچہٕ زبأنۍ ہُنٛد ورتاو کوٚرمُت۔ باقے شأعرن ہنٛدی پأٹھۍ چھُ تِہنٛد بن وزنن منزٕ تہٕ براہِ راست باؤژ اندازٕ۔ ویسے تہٕ چھےٚ نہٕ وزنہٕ شأعری منزٕ پیچیدٕ اظہارس جاے تکیازِ اَتھ منزٕ چھُ احساسہٕ بدلہٕ جذبس اہمیتھ۔ نعمہٕ صأب تہٕ چھُ یہٕ جذبأتیتھ عام تہٕ سادٕ زبأنۍ منزٕ باوان۔ یمہٕ ستۍ یمن منزٕ روأنی آمژ چھےٚ۔

نعمہٕ صأبنہٕ شأعری ہُنٛد مرکز چھُ لول یتھ منزٕ محبوٗب ماورأیی چھُ۔ امایوٗز پننس ماورأیی محبوٗبس ستۍ پننہٕ محبتک اظہار چھُ سُہ عشق مجأزی کہٕ ؤسیلے کران۔ بقولہٕ غألب "بنتی نہیں بادہ و ساغر کہے بغیر" نعمہٕ صأب تہٕ چھُ اَکس لولہٕ شاعرٕ ہنٛدی پأٹھۍ پننس محبوٗبس ژھاین تہٕ گژاین پأری لگان۔ تِہنٛد بن قدمن پٔتن سرآلو ان تہٕ تِہنٛدِ ہِنٛجہٕ کُٹھی منزٕ پان شیران تہٕ پأران۔ اُہنزٕ شأعری منزٕ تہٕ چھُ ہجرُک دوکھ تہٕ غم تہٕ وصلُک ہمسوسہٕ۔ ہجرٕ کمن

ذِہَن منٛز چھُ تٔسند رُوٗی یِہ زیادے بے بس تہٕ لاچار۔ اتھ بے بسی منٛز چھُ تس نٔش وقتُک پھیرٕ تہٕ نابوٗد گوٚھان۔ تِکیازِ سُہ چھُ دِل تہٕ جانہٕ سان پنٕنِس معشوٗقس منٛز محو۔ توے چھُ وَنان ۔

ملیہ چانہٕ رودُم راتھ تہٕ دوہ
ہو ہو بہٕ کریو یئِری دولو

بظاہر چھُنہٕ یِہ سادٕ تہٕ عام لفظن ہنٛز باوَتھ تہٕ راتھ دوہ راونُک ورتاو چھُ محاورٕ اُتی تہٕ۔ مگر راتھ دوہ کِہ پھیرُک احساس تہٕ آسُن چھُ ہاوان زِ نعمہٕ صأب کتھ حدس تام چھُ یارٕ ہٕندی امارن آورمُت۔ سیٛدی سادن لفظن منٛز یِژ دوَے یِہ پُرشدت باوَتھ صوفی شأعری منٛز تظرِ گوٚھان چھےٚ مگر نعمہٕ صأبٕنس اظہارس منٛز چھُ لیہِ میچھرن اتھ منٛز زیادے شدتھ دِتھٕ دٕمو۔

نعمہ صأبٕنس لولس منٛز چھُنہٕ عأجزی تہٕ تہٕ انکسأری تہٕ۔ اتھ منٛز چھُنہٕ یار پراونٛچ جُستجو تہٕ تہٕ کشمکش تہٕ۔ سُہ چھُ پنٕنِس اکایِل معشوٗقس طرفاتن ژھاران تہٕ وُنی دِوان تہٕ تَس مختلف جاین واتنُک باتھ کران۔ تہنٛزِ شأعری منٛز چھِ اَسہِ مختلف جایہ ناونظر گوٚھان تہٕ یِہنٛد تعلق چھُ ماجہٕ کٲشرِ ہتی۔ یِہ کتھ چھُنہٕ ہاوان زِ نعمہٕ صأبس چھُ پنٕنہِ کٲشرِ ہُنٛد اوٗند پوٚکھ زمس زمس منٛز تہٕ ہتی پنٕنہِ تہذیبک تہٕ ثقافتی ورثُک احساس تہٕ زانکأری تہٕ۔ سُہ ییمہِ آیہ

پننس معشوقس مختلف جاین تہٕ مقامن منز سمکھنک وعدٕ قرار کران چھُ یہ چیز چھُ ورگہ پاٹھی باداں ز تس چھیہ یمن جاین ہنز توارِیخی تہ تہذیبی اہمیتک اندازٕ تہٕ۔ یتی چھیہ یہ کتھ تہٕ عیان سپدان زِ شہ چھُ یمن جاین پانہٕ تہٕ پھیوٗرمُت۔ کشیرِ ہندہن جاین ناون ہنز برمار چھیہ میانہٕ حسابہٕ تسنز شاعری ہنز امتیازی خصوصیتھ۔ حالانکہ یہ چھنہٕ اہنز پھیرِ ہاو خوبی تکیازِ اسہِ چھُ محمود گامی ہندِ پیٹھے امہِ اندازٕ جایہ ناون تہٕ باغن ہُنٛد ناو درٛپاٹھی گوٗھان۔ مگر نعمہٕ صابس نش چھُ ہنا زیادے۔ ’’خلبہٕ منز دلبرن ہونم پان‘‘ چھ اَکھ رژ مثال۔ اتھ منز چھنہٕ صرف ویٚدی بلکہ ہتھی ناو یم بظاہر غار اہم چھِ مگر نعمہٕ صاب چھُ یمن منز کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ خوبی ژٲڈِتھ یہنٛد ورتاو فنکاری سان کران۔ مثلن

گولاب باغ گگرِ بل گاندر بل — گوٗرِ پورِ یارن لوگ ڈامبل
گامہٕ گام پھیوٗرس دِل پریشان — وَلے ویسی ژھارون معشوقہ جان
پٹن پانپر تاپر یون گام — گوپھ بلہٕ پیٹھے تاپہلگام
وَسہٕ وُن وُچھکھ شاہ خوبان — وَلے ویسی ژھارون معشوقہٕ جان
لام تےٚ لبتہٕ پوٗر لاسی پوٗر — لگہٕ بون کونڈ منز کران دورِ دور
لال پورِ وُچھکھ لال مبرجان — وَلے ویسی ژھارون معشوقہٕ جان
آرِ مل اڈی گوم اری ہل — اروٗنہٕ پیٹھ تا اہربل

امیرا کدلی دُچھم دوران   وَلے دِیسی ژھارون معشوقہ جان
بِی ہوم بہ گوم بولہِ بانہِ گوٚنڈ   بأدی پورِ پیٹھ گوٚ ھ بانہال کونڈ
یُوٗنی یارِ بالہِ پیٹھ گوم یکسان   وَلے دِیسی ژھارون معشوقہ جان

ہیٚرِ یمن شعرن منٛز یمن جاین ہُنْد ذِکر کرنہٕ آمُت چھُ تِم چھیٚہ وادی کشیرِ ہندین مختلف اطرافن ہنٛز۔ تہٕ اَکِس شعرس منٛز چھُ تمہِ انمانہِ یہُنْد ورتاو کرنہٕ آمُت زِ آوازِ تکرارُک گون چھُ ووتلاونہٕ آمُت ۔ترتیم خوٗبی چھیٚہ یہ زِ اَتھ منٛز چھُ لُکہِ شاعری ہنْد تکرأری وَل تہٕ نظر گوٚھان۔ پرٛتھ شعرس منٛز چھیٚہ پھِری پھِری کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ جایہِ ناو دوہراونہٕ یِوان تہٕ یہ خاصیتھ چھیٚہ لُکہِ شأعری منٛز نظرِ گوٚھان۔ یوٚھ شأعری چھیٚہ زیوٗ پھِرنی تہٕ آسان گوٚھان تہٕ ژیتہٕ ووٚترس منٛز تہٕ آسأنی روزان۔ ووں گوٚو یژھِ شأعری ہکو کانٛہہ شعر ترأوِتھ تہٕ یا کینٛہہ شعر ہُرأوِتھ۔ محض جایہِ ناو ورتاونہٕ ستۍ ہکن اَتھ لیہِ منٛز مختلف شعر گنڈنہٕ یِتھ۔ مگر یہ چھُ زیادٕ پہن لُکہِ شأعری منٛزے سپدان۔ ہرگاہ سنٛزِ سان وُچھو نعمہٕ صأبنس وژنس منٛز چھیٚہ معشوقہٕ سنٛز یہ ژھأنڈ اَکِس منتہا ہس واتان تہٕ صاف چھُ باسان زِ اَتہِ اور آسہِ نہٕ کینٛہہ۔ مختلف جاین ہُنْد تذکرٕ پتہٕ چھُ اُخری شعرس منٛز ژارُک ذکر سپدِتھ شأعر تہٕ ہاوان زِ نتہٕ ژار اُخری منزل چھُ تہٕ سارے وَتہٕ چھیٚہ اُخرس ژار

کٔنۍ گوھان تِکیازِ بقولہِ نعمہٕ صأب حضرتِ شیخ چھُ بوڈ علمدار تہٕ یَس سٕہ مہربأنی کرِتس کیاغم چھُ یا یِیلہِ پڑتھ کانٛہہ وَتھ بنٛد سپدِ علمدارِ سٕنٛد درواز چھُ توتہِ یِلے کأنٛسہِ تہٕ بنٛدِ ہٕنٛدِ خأطرٕ ۔ بہر حال پتھۍ ہوی لوٗکہٕ شأعری ہِنٛدی وَل ورتأوِتھ چھُ نعمہٕ صأب یہٕ باس تہٕ دِوان زِ سٕہ چھُ نہٕ صرف تہذیبی میراثہٕ نِشہِ باخبر بلکہِ شأعری ہنٛدِ بو روایتی وَلو نِشہِ تہٕ چھُ زأنۍ پاپ ۔ تِہنٛزِ شأعری منٛز چھنہٕ صرف کٔشیرِ ہٕنٛز منظر نگأری بلکہِ چھِ تِمو پنٛنٛز تجربہٕ بادنہٕ باپتھ لوٗکہٕ روایژن تہٕ اساطیرَن ہتۍ وابستہٕ کردار تہٕ قصہٕ تہٕ ورتأوی مِتۍ ۔ یِم کردار تہٕ قصہٕ چھِ مقأمی آگرو علاوٕ عربی تہٕ عجمی آگرن ہِنٛدی تہٕ ۔ یہٕ کتھ چھنہٕ ہاوان زِ سٕہ چھُ پنٛنہِ دورکہِ ادبی ماحولہِ نِشہ تہٕ باخبر اوسمُت ۔ نعمہٕ صأب چھُ تمہِ دورُک شأعر یِیلہِ کأشرِ شأعری پیٹھ فارسی زبأنۍ ہُنٛد اثر طیس پیٹھ اوس ۔ فارسی زبأنۍ ہُنٛد اثر گوڈ کأشرس پیٹھ تیٚلی شروع یِیلہِ اسلام کٔشیرِ منٛز ژوداہمہِ صدی منٛز وأرِدسپُد ۔ شیخ العالمؒ تہٕ لل دیدِ ہٕنٛز شأعری منٛز چھِ اَمہِ اثرکی ابتدأیی نقوش ۔ یہِ اثر س چھُنہٕ چھرا فکری سطحس پیٹھ بلکہِ لسأنۍ سطحس پیٹھ تہٕ ۔ تِکیازِ یوہے اوس سٕہ وق یِیلہِ کأشرس منٛز فارسی لفظت وأرِدسپُد ۔ تَمہِ پتہٕ گوٚو یہِ اثر دوہہِ پتہٕ دوہہِ ہُران تہٕ کُنوہمہِ صٔدی منٛز ووت یہٕ یِیمہِ حسابہٕ عروجس زِ اتھ دورس منٛز سپُد فارسی ادبہٕ کِمن

مختلف فن پارن ہُنٛد ترجمہٕ کاری طیس پٮ۪ٹھ ۔ توٚہن مثنوی ین ہُنٛد امپارلوٗگ کاشُرِ شاعری منٛز ترجمہٕ سپدنہٕ یہُنٛد آگر فارسی اوس ۔ جامی، نظامی، سعدی تہٕ بجشی ہوی شاعرتہٕ تِہنٛز تخلیقہٕ یِیلہِ کاشرس منٛز پھرنہٕ آیہ تتھ منٛز منٛز آیہٕ فارسی تشبیہ تہٕ استعیار، سراپاہکی میز ان تہٕ علامَو میترِ تہٕ سائنس ادبس منٛز ۔ غرض کاشرِ شاعری ہُنٛد شعرٕ محاورٕ آو فارسی رنٛگس منٛز رِنٛگنہٕ ییہٕ رنگ چھُ کنوہمہٕ صدی ہنٛد بن بیشتر شاعرن منٛزوٗن ۔ کانٛسہِ کم تہٕ کانٛسہِ زیادٕ ۔ نعمہٕ صائبس نِش تہٕ چھُ یوہے رنگ ۔ اَمہِ منٛز چھِنہٕ مختلف صوفی شاعرن ہِنٛدِس کلامس منٛز کنہِ یکسانیت تہٕ پاڈٕ سپز ہو تِکیازِ محاورٕ چھُ یکسان تہٕ یکسان وژنی لہجہ منٛز چھُ یہٕ ہشر زیادٕ نوٚن دژامُت ۔ مثلن ۔

وٚنیسی لَیہِ اکھن یار    وِلہٕ زار بوزبم نا
تِس پتہٕ رووُم لوکچار    وِلہٕ زار بوزبم نا

وہاب کھار

☆

دوٗرِ ہے ڈچھم پوٗرناز ہے وٚنیسی یے
یار پوٗری انتھے باز ہے وٚنیسی یے

وازِ محموٗد




Scanned by CamScanner

خابہٕ منٛزٕ دلبرن ہوونم پان
وَلے ویسی ژھارون معشوقہٕ جان

نعمہٕ صأب

ووں گوٚو نعمہٕ صأبس چھیٚہ اَمہٕ باوجوٗد تہٕ پننٛزٕ انفرأدیتھ۔ مون زِ تسنٛدِ ذٕسی ورتاونہٕ آمتی فرہاد، مجنون، وبس، گُل گلزار، شیخ صنعان، رند، موے، سیرٕ بوج، پپر، یار، موختہٕ ہار، چشمہٕ، خال، کاکل تہٕ یتھی ہوی بیشتر عربی عجمی تہٕ مقأمی آگرن ہنٛدی لفظ تہٕ علامژ چھیٚہ کُلہم صوفی شاعرن ہُنٛد خاصہٕ۔ مگر نعمہٕ صأبن لہجہ چھُ تِمن جاین نوٚن بیٚتہٕ جذبہٕ لیہٕ ہُنٛد قألب برأوِتھ کلامس منٛز اکھ پُر اثر تہٕ سنہٕ وُن توٗثر ووتلاوان چھُ۔ مثلن۔ یُتھ ہیوٚ اندازِ بیان ہیکہٕ چھر انعمہٕ صأبنے اَستھ۔

دل چھےٚ معصوٗم ژُرللہٕ ناوُن     چھےٚ نو بوزان ہوتَے ہو
رونہٕ منٛزٕ لس منٛز کھونہٕ للہٕ ناوُن     چھےٚ نو بوزان ہوتَے ہو

☆


بے دردٕ دادِ چانہٕ سوٗر ہوسپدان     سوے لے مُٹھیا میانہٕ یارو

☆

رسہ رسے دِل میٚہ نیوٚنم اَسہٕ وِنی بارٕ مُتی یے
حبہٕ ہوشے بال مُشٕ نس گأ جنس سٕتی سٕتی یے

☆

نۆرونۆروصحکہِ نۆرو     کرے گۆڈ گۆڈ پھوٗلہم ژوپارٕ ی



موے چوونس موے خانہٕ مٔتی یے     ہا فقیرٕ و روز کھ نابیٚتی یے

گوڈنکس شعرس منٛز چھےٚ اکھ تار تہٕ نوبنہٕ تشبیہہ ورتاونہٕ۔ آہو تہٕ یوسہٕ نفسیاتی کشمکش تہٕ اندرٕ ی لگاو صاف تہٕ ٹاکارٕ پاٹھی بروٗنہہ کُن انان چھےٚ ۔ دِلس تہٕ معصوم شُری ہنٛز مشابت چھےٚ برمحل ۔ اتھ برجستہٕ تہٕ سیوٚد ساد مصرس منٛز چھنہٕ نعمہٕ صأب چھرا اکھ سُہ فقیرٕ خدا یُس دُنیا ترأوِتھ دِیہٕ لوٗلِچ وَتھ رٕٹِتھ چھےٚ بلکہٕ اکھ نفسیاتی ماہر یُس انسأنی ووندٕ کۍ گٔنڈ تہٕ گُہلۍ ژھلیہٕ ہۍکی دیدمانہٕ وُچھان چھُ ۔ دِل مأنۍ راوُن تہٕ دِلس تسلا دِین چھےٚ کرٕ تھ تہٕ کٔڈر کأم تہٕ اَتھ بروٗنہہ کُنہٕ چھنہٕ کانٛہہ تہٕ شرٕتو بزنز کامیاب سپدان ۔ اَمہٕ شعرٕچ خوٗبی چھےٚ یِی زِ یہٕ چھُ بیک وقت قأری ہٕنٛد بن مختلف حِسن آوران ۔ شُری ہنٛز شبیہہ ورتأوِتھ چھُ اکھ تِتھ تصویرٕ بروٗنہہ کُن انان یتھ منٛز متیوٗمُت تہٕ بڑژھیوٗمُت شُر مختلف ژھل تہٕ وَل ورتاونہٕ باوجوٗد کانٛہہ چیز حأصل کرنس پتھ ہموان چھنہٕ ۔ کأژاہ تہٕ زن کرہون ساوٕنٛچ کوٗشش یا منزِلس منٛز زَن کروس کوٗتاہ تہٕ گوٗڈ گوٗڈ ۔ پزی پأٹھۍ چھےٚ نعمہٕ صأبن یتھ شعرس منٛز اکھ جذبہٕ یازِ اکھ ذہنی کیفیتھ ٹھوس آیہٕ شکلاوِنٛچ اکھ



Scanned by CamScanner

کامیاب کوشش کرٕہو۔

دۄیمس شعرس منٛز یٚلہٕ دۄن سٕنہٕ وۄنی لے اۄک طرف ترٲوِتھ وُچھو تاکارٕ پٲٹھۍ چھُ موخصر لفظن منٛز عاشق تہٕ معشوق دوشوٕنی کردارن ہُنٛد اوٚنٛدرۄن ، مزاژ تہٕ خصلتھ بروٚنٛہہ کُن اَنہٕ آمٕژ ۔ معشوق چھُ بے پرواہ، بے درد تہٕ بےغم مگر عاشق چھُ غمہٕ ہۄت ، دوٚکھہٕ ہۄت تہٕ جدٲیی ہنٛد دودلٕہ وان ۔ تکیازِ تس چھنہٕ دوٚنی پٮ۪نٕس یارس سٟتؠ تم حالات ۔ نعمہٕ صٲبن چھِنہٕ معشوقہٕ سٕنٛز بے وفٲیی بروٚنٛہہ کُن اَنٛز ہو مگر اَتھ منٛز چھنہٕ احتجاج بلکہٕ اکھ ژھۄپ دۄپ تہٕ نرم شکایت ۔ شعرس منٛز چھُ ''سوے'' لفظ ورتٲوِتھ پتہٕ کال تہٕ از کال دوشوٕے زمانہٕ بروٚنٛہہ کُن آمٕتؠ تہٕ ''لے'' لفظ تہٕ چھُ مختلف معنوی ژھلہٕ بروٚنٛہہ کُن انان ۔ عام پٲٹھۍ چھُ ونہٕ یوان زِ وژنٕچ زبان چھِنہٕ ڈیٚنٛجۍ تہٕ اتھ منٛز چھُ واریاہن لفظن منٛز کم قلیل مفہوم بادنہٕ یوان مگر اتھ پُرترنم شعرس منٛز چھِ یِمے زٕ لفظ پانٕس منٛز اکھ دُنیا اکھٕٹھ ورٲوِتھ تہٕ وبرٲوِتھ اَسہٕ بروٚنٛہہ کُن یوان ۔

دۄیم ترٛنے شعر تیمہٕ چھِ شاعرٕ سُنٛد منفرد لہجہ بروٚنٛہہ کُن انان ۔ گوڈنٕکس منٛز چھِنہٕ لول کنٛجؠ عمل درشادنہٕ آمٕت ۔ اتھ منٛز چھُ لفظن ہُنٛد ورتاو تمہٕ حسابہٕ کرنہٕ آمت زِ بامہٕ لولہٕ بٲگرنہٕ ہنٛز تہٕ

عمل چھِنہٕ پَنٕن مدہم رفتار ہیتھ سوٚتھرس پیٹھ یِوان ۔ پوٚرٕ شارس
منٛز چھُہ وصلُک تہٕ ہجرک میوٗٹھ تہٕ کڑیوٗٹھ سفر مختلف مرحلہٕ ہیتھ
بروٗنٛہہ کُن یوان ، شعرس منٛز چھِنہٕ باوتہٕ بدلہٕ ہاوتس کأم ہینہٕ آمٕژ
تہٕ شارکی زٕ مصرٕ چھِہ دون صورتحالن ہنٛز عکأسی کران ۔ گوڈنکس
مصرس منٛز چھُہ لولہٕ عمل ہیتھ تہٕ اکھ گندن برٛونٛہہ کُن یوان ۔ تتھ منٛز
عاشقس تہٕ تام بے خبری ہُند لوٚ بر نال وٕلتھ روزان چھُہ یُس تام تمٕی
معشوٗقس پتہٕس وندس منٛز جاے دِژ ہو آسان چھِنہٕ ، مگر یتھے
عاشق پننی دِل تہٕ جان معشوٗقس حوالہٕ کران چھُہ یتھے چھُہ یک
لخت تس باسان زِ سُہ چھُہ پننٕ معشوٗقن منٛزبکس گال کھاتس
ترٛٲومت ۔ واتہٕ نگأری ہُند وَل نہٕ درتاوِتھ تہٕ چھُہ نعمہٕ صأب
بیانیہٕ لہجس منٛزٕ ے ڈرامہ نگأری کأم ہیوان تہٕ اَتھ ڈرامہس
منٛزیُس غأرٕ متوقع صورتحال باوتہٕ آمٕژ چھُہ تمِی منٛز چھُہ اَمہِ شعرُک
فنی زوٗ زیتہٕ ۔ یتی چھِنہٕ اتھ لولہٕ عملہٕ منٛز شریک دوشوٗے کردارن
ہنٛز ظأہری خصوٗصیژ تہٕ دنہٕ کڈنہٕ آمٕژ ۔

بیا کھ شعر چھُہ یمہٕ لحاظہٕ بدوٗن زِ اتھ منٛزیُس ناوکھوٗلس
دِنہٕ آمٕت چھُہ ، سُہ چھُہ نیرل تہٕ الگ ۔ کانٛٹرٕ صوفی شأعری یا مجأزی
لولہٕ چھِہ شأعری منٛز گوٚھن اَسہٕ تم درجہٕ واد ناوتظرٕ ییم پھری
پھری ہوہن تنوظرن منٛز مختلف شأعرن ہنٛدِ ذکر ورتاوتہٕ آمٕژ چھِہ ۔


Scanned by CamScanner

مثلن کامہٕ دیو، مدنوار، ہاتول، فرہاد، مدن موٗت، رنگہٕ روٗن تہٕ
شمع بیترِ۔ مگر یتھ شعرس منٛز چھُ اَسہِ شاید گوڈنکہِ پھِرِ محبوٗبس صبح
بِکس توٗرس ستیٖ مشابِتھ دِنہٕ آمُت وُچھان۔ یہِ تشبیہہ چھےٚ محبوٗبہٕ
سُنٛد شوٗژر، شوزر، تازگی، پاکبازی، معصومیتھ، پھٲلاو، جمال،
حُسن، مٲری منزر تہٕ بیٚیہِ تہِ وارِیاہ خوٗبیہِ سوٗترس پٮ۪ٹھ انان۔ نعمہٕ
صٲبنس کلامس منٛز چھِ یتھی ہوی بیٚیہِ تہِ کینٛہہ شار بیٚیہِ تہِ سہٕ آزموٗدٕ
وَتہٕ مُشرِتھ پننہِ تخلیقی باوٕژ باپتھ نوٚبن وَتن کُن پھیران چھُ۔
حالانکہِ یتھٕین شعرن منٛز چھےٚ نہٕ اظہارٕچ پیچیدگی تہٕ نہٕ لفظن ہنٛز
تراش کھراش۔ بلکہِ سادگی تہٕ روانی چھےٚ یہنٛز شوٗب۔ سیٚود
ساد زبانی منٛز تخلیقی وشیر پادٕ کرُن چھُ نعمہٕ صٲبنٕ کمال۔ یہٕ دوَے
وُچھو محبوٗبہٕ سنٛدِ بِن مختلف ناون یُس اَمی شاعرن پننہِ طرفہٕ یہِ ہُر بر
کوٚرمُت چھُ یہِ ہمکون ییمو منٛز ساروے کھوتہٕ خوبصوٗرت ناون
منٛز شامل کرِتھ۔ اول ییمہِ موٗجب زِ یہِ چھُ شاعرس پننہِ تخیلُک
پٲداوار۔ تہٕ یہِ چھُ نہٕ پہہٕ اوٚنمُت کُنہِ تہِ رنگہٕ باسان۔ دوٚیم یہِ
اکی ساتہٕ محبوٗبہٕ سنٛز شخصیوٗ ہنٛز وارِیاہ جہژ بروٚنٛہہ کُن انان تہٕ ترٛتیم
اکائیل نظارٕ ستیٖ کائیل چیز اَمہِ طریقہٕ ٹھوٚس پٲٹھی بروٚنٛہہ کُن انٕنٛچ
کوٗشش چھےٚ کاشرِ شاعری تہٕ خاص پٲٹھی صوفی شاعری منٛز کمے
یمِن درِ پٮ۪ٹھی گوہان۔ اَخری شعرس منٛز تہِ چھُ نقیرٕ لفظ معشوقہٕ یا

محبوٗبہٕ سٕندِ باپتھ ورتاوِتھ پٔکن منفرد باوژ انداز بروٚنٛہہ کُن اوٚنمت۔
بییہ ورتاو چھُ سانہِ لکہ شاعری منٛز نظرِ گژھان۔ مثلن "ہا فقیرو سانہِ جنگلیچ لے چھیو" مگر تخلیقی شاعری منٛز ہیکو خالے وُچھتھ۔ محبوٗبس فقیر وَنتھ چھُ شارک فضاسٕ ساوی بنیومُت تہٕ یہ سوزٕ صورتحال چھُ اساطیرِی قصہس منٛز وَلنہٕ آمُت۔ حالانکہِ گوڈنیک مصرٕ چھُ رسمی رِوایَژ رنگس منٛز مگر دوٚیمس منٛز چھُ نعمہٕ صابن پٔنٛنۍ تخلیقی صلاحیتھ رتھہِ کھاراہمو۔ اتھ منٛز یوسہٕ تصویر نعمہٕ صاب بروٚنٛہہ کُن انان چھُ سو چھےٚ تٔمس محبوٗبہٕ سٕنٛزِ یُس اَکی ہے جلیہِ روزن یا ژھٔہرن وول چھُنہٕ۔ مہجورس پیٚو تِتھس مجازی محبوٗبس بروٚنٛہہ کُن اَنہٕ باپتھ واوٕ ہیوٚ لفظ ورتاوُن۔ باضے چھُ سُہ تِتھس محبوٗبس ناوِنس منٛز قاصرتہِ روزان تہٕ براہ راست باوتھ ورتاوِتھ سیٚوٚدٕ دٕ وَنان۔

ژلہٕ لارِ وُچھمکھ حال وَنہٕ ہے وارِ وُچھہے رو
مگر نعمہٕ صاب سٕندِس لہجس منٛز یِوٚدوَے تور تہٕ شدتھ چھےٚ،
عاجزی چھےٚ ضروٗر تہٕ ہتی چھِ اتھ ہتی بے پروٲیی تہٕ بے نیازی تہٕ جلوٕ گرسیداں۔
یِتھے پٲٹھی چھِ بیشتر صوٗفی شاعر پٔنٛنہِ شاعری منٛز پٔتِس ماورٲیی محبوٗبس گھے کھونہِ للہِ وان تہٕ گھے منٛزلس منٛز گوٚرِ گوٚرِ


Scanned by CamScanner

کران ۔ مگر اتھن تہٕ چھُ نعمہٕ صابُن انداز الگ تہٕ وکھرٕ ۔ سہٕ ییلہٕ جدائی ہِنٛدِ نارٕ ستیٚ برٕگہٕ یوان چھُ سہٕ چھُ بے ساختہ اندازس منٛز وَنان ۔

امارن چائٔ زاجِ نم تن بہٕ للہٕ وَن یار منٛز چشمن
کوٚرس فلواپہٕ امارن بہٕ للہٕ وَن یار منٛز چشمن

"چشمن منٛز یار للہٕ وُن" چھُیہٕ بے انتہا مہیج باوَتھ تہٕ چشمن منٛز للہٕ وُن چھُ نہٕ صرف پنٔنِس یارس ستیٚ لول ورتاونک تصوٗر بروٚنٛہہ کُن انان بلکہٕ چھُیہٕ ییمہٕ کتھہٕ ہنٛز باوَتھ تہٕ سپز ہوٚ زِ شعرک عاشق چھُنہٕ بٔڈزس پنٔنِس ماورائی محبوٗبس سُنٛد تصویر نظرو منٛز کڈُن یژھان ۔ چشمن منٛز للہٕ وُن چھُ حقیقی زندگی منٛز ناممکن مگر شعرٕ کِس دُنیاہس منٛز اَژَتھ چھُ یہ سورُے کینٛہہ ممکن باسان ۔ یتھ شعرس منٛز چھُ مبالغہٕ آمیزی ہُنٛد ورتاو گرِتھ شاعرس منٛز شاعرٕت پاٹھٕ کوٚرمُت ۔ مبالغہٕ آمیزی ہنٛز یِژھ رٕژ مثال چھُیہٕ صوفی شاعرن نِش شاذ نازٕ ے نظرٕ گژھان ۔ وُچھو ۔

آیہٕ کِس باغس پھوٚل مے بہار
ہا وٚلو دیدار ہاوٲنی
آیہٕ کِس درختس آیکھ پوش
نوٚرٕ کہو پوشو نیوٗہم ہوش

یِمن شعرن منز چھِ شاعرن آبس گُل تہٕ گلزار پھولرٲوِ مٔتۍ ۔
قٲری چھُ بیک وقت آبکۍ مختلف رنگ وُچھان۔ شار پران پران
چھُ قٲری پننۍ ساری ذٲتی تجربہ تہٕ منطقی پزر پتھر پیوان تہٕ سُہ
شاعرُ پننِس تخلیق کرِ مِتِس دنیہس سرخم کرِتھ تسلیم کران ۔ یہِ چھُ
شاعرُ سُنزِ تخلیقکٲری ہُنٛد کمال زِ پننہِ تمثیلچہ وُچھوٲری مٔتۍ چھُ سُہ
یتھۍ حسین منظر پٲدٕ کرِتھ ہیکان ۔ یتھ شارس منز چھنہٕ آب سُہ
آب یُس اَسۍ پانس اَندۍ پکھۍ یتھ بُترٲژ پیٹھ وُچھان چھِ ۔ بلکہِ
چھُ آبس اکھ علامتی معنے پُشراونہٕ آمُت ۔ یہِ چھُ سُہ آب یُس بستی
تہٕ انسٲنی زندگی ہُنٛد۔ آگر چھُ تہٕ یُس زندگی ہنٛدین مختلف رنگن
منز ظہور پذیر سپدنک بُنیاد تہٕ چھُ تھاوان۔ "آب" چھُ استعٲری
معنے یُس منز باقی صوٗفیو تہٕ ورتوومُت ۔ مثلن۔

جو یہِ منز بُتھ چھُ دریاو    ناو در آب تے آب در ناو

بیترِ چھُ سوچھ کرالنہٕ مشہور وژنک شعر یُس وحدت الوجوٗدی فکرِ
ہُنٛد سیوٗد تہٕ سہل انہار چھُ ۔ مگر نعمہٕ صابُن ورتاو چھُ اَمہِ نشہِ الگ ۔
تمۍ چھُ اتھ پننہِ تخلیقی چھوٚ مٔتۍ اساطیری رنگ کھورمُت ۔ یتھۍ ہوی
تخلیقی شعر چھِ ہاوان زِ نعمہٕ صاب چھُ فطرتن شاعر اوسمُت تہٕ پننہِ
شوز پوز نِش چھنہٕ رحمان ڈار، سوچھ کرال یا وہاب کھارس ہوٚبن
ہمعصرن پتھ اوسمُت ۔ سانہِ صوٗفی شاعری چھُ تہندِ ذِکرِ یتھمن


Scanned by CamScanner

ہوبن زبردس شعرن ہُند بُر ژُر سپدمُت ۔ مثلن ۔

شمع تھاوِتھ زۄرے
یہِ ژاۓوِس ئنز ژۄرے

یُتھ ہیو یا اَتھ أندی پٔکھی توژ ووتلاوَن والی شعر چھِ بیٚنہِ

تہِ کینژہ وکاشرِ ہو شاعرو تخلیق کٔری مٔتی تہٕ یہِ سلسلہٕ چھُ حض شیچہٕ ہِندِ

پتھے نظرِ گوھان ۔ تٔمند مشہوٗر تہٕ کامیاب شٔرژک ''میٚہ راوٗ ژۄرس

تارس وَتھ'' چھُ کاشرِ ادبہٕ رٔکس پٔتھ کاتُسہٕ سنجید قٲری لیس زبان

زد ۔ تہٕ سون بیا کھ مشہوٗر صوفی شاعر پرمانند تہٕ چھُ اَمی قسمُک

نوٗنٔرٔ یمن شعرن منٛز پیش کران ۔

ژۄرس پٔژ کالے تھارن

اتھ ہتھ دژاۓوو پھاسی یے

اتھ رزِ اوسُس کاٹھس کھارن

یہِ چھُ صٔحی زِ حض شیچہٕ ہنزِ باوٕژ منٛز چھُ ڈراما مگر پرمانندنس

شعرس منٛز چھُ بیانہٕ ۔ اتھ برعکس چھُ نعمہٕ صابٔن بیانیہ ورتاونہٕ

باوجوٗد تہِ ستم ظریفی شدتہٕ سان ووتلاوِمٕژ ۔ اتھ شارس منٛز چھُ

اقبال تہِ کران تہٕ پٔنِنس صورتحالس پیٹھ پشیمأنی ہُند اظہار تہِ

کران ۔ تژیشوٕنی شعرن ہندِ شعر کردار چھِ بےخبری تہٕ غفلتس

منٛز کٔڈرس صورتحالس بُتھِ لگان مگر لفظوٕ ژی یوسہٕ ایژنی نعمہٕ صابن

ووتلاوِمٕژ چھِنیہ ،سو چھِنیہ قابلِ داد ۔

نعمہ صأبن چھنہٕ یہ کتھ ہرگز تہٕ نظر انداز کرٕہو نہٕ وژنک
بنیأدی مزازٕ چھُ عشق تہٕ عشق چھُ اکھ وسیع موضوع ۔ یہ چھُ اکھ
احساس تہٕ اکھ راوَن تیٚول یُس پڑتھ حساس تخلیقکأری فکرِ ہُنٛد
سنٛبر تہٕ کنٛبر دِتھ زہینی حقیقوَن ہنٛز اکھ نوٚ ژینہٕ دُنی دِوان روزان
چھُ ۔ شأعر چھُ پننِس کلامس منٛز جایہ جایہ اُتھی راوَن تیٚلس
اظہارُک وولُت کران ۔ لتہِ یم تجربہٕ پرن وأرلس پڑتھان باسان
چھِ تِمن منٛز چھُ پننہِ ماحولکِ حوالہٕ کنٛڈی تہٕ گولاب، دگ تہ تہٕ
داغ تہٕ، دِپچ دُبرائے تہٕ تہٕ بعضن ہُنٛد پھرکن تہٕ اضطراب تہٕ
تہٕ سوٚکوُن تہٕ بعضے شعرس منٛز حیات تہٕ کاینأتس منٛز ہم آہنگی پأدٕ
کرِتھ سو معنویت ووتلاوان زِ پرن وألی سُنٛد احساس چھُ جمالیأتی
رسہٕ مستی سرشار سپدان ۔ یہ راون تیٚول چھُ شأعرس نِش مختلف
رنٛگو جلوِ گر ۔ یتھ منٛز سبٹھے شدتہٕ سان دُنیا تہٕ جوأنی ہنٛز بے ثبأتی
چھیٚہ ۔ شأعرس نِش چھُ لوکچار تہِ تہٕ دُنیا تہِ خام ۔ یُس نہٕ روزِ دُن
چھُ تہٕ نہ پوشہٕ دُن ۔ سُہ یادٕ پِکس ژٕہس ژِہس منٛز پوٗر پوٗر حض
تہٕ سر مستی کھو کھلا دِتھ بِنٛک پاسدار ۔ اوَے چھُ نعمہ صأبس نِش
موتچہٕ مظلوٗملنہٕ کار گُزأری ہُنٛد احساس سوٚن تہٕ گوٗن ۔ حالانکہِ یہ
موضوٗع چھُ کشیرِ منٛز کأشرِ شأعری ہُنٛد اکھ روایتی موضوٗع بلکہِ چھُ
یہ شیخ العالمہٕ سنٛز امتیأزی خصوٗصیتھ زِلتس نِش چھُ موتچہٕ ہأبتناک

کار کردگی ہُند عنصر غالب ۔ تِس پتہٕ تہٕ چھُ جہِ خوتون بتھٕر رومانی شاعرن تہٕ محمود گامی لیس بتھٕر نش ڈنبجہٕ بے ثبأتی ہُند احساس تا کار ۔ مگر نعمہٕ صاب تہٕ چھُ اتھ احساس پلنٛز پأٹھی زنہٕ دوان ۔ باسان چھُ نہٕ چھُ اتھ سِلسِلس منٛز شیخ العالمس تہٕ نش حأثر ۔ مثلن ڈیچھتو دشوٕنی بتھٕر یاوٕ ژ منٛز کوتاہ ہشر چھُ ۔

| | |
|---|---|
| خانہٕ ہنٛد بن یمن روبہٕ خانن | جانن دپان زِ نوٗری ہُند گوہ |
| سوندرِ ڈیشِم ہُرِی دِکھناوان | ژمرو ہتی ژوان لوہ |
| تہٕ از ڈیشِم کپہٕ کھنان | نصر مئیہ ڈچہِ ژٕ ڈچھنہٕ گوہ |
| | شیخ العالمؒ |

| | |
|---|---|
| رنگہٕ مندور بن روبہٕ خانن | موت کران ڈجأری یے |
| مرگ چھے یِتھے ورکہٕ وِلان | منٛزی کنٛدان بازأری یے |

"ہاپلنہٕ غافلہٕ بیکسو" چھُ اکھ ہادسناک منظر بروٗنہہ کُن انان ۔ روأیتی زبان تہٕ موضوع ورتأوتھ چھُ نعمہٕ صاب اتھ پکن فنکارانہٕ اتھ ڈألتھ شعرس منٛز انفرأدی تخلیقی گون پأدٕ کران ۔ یہٕ چھُ صحی زِ تسنٛد سوزٕ ے کلامہٕ چھنہٕ پلہٕ سون مگر تہٕ کرِتھ تہٕ جہِ تبنٛدِس کلامس منٛز تخلیقی زتنہٕ نظر گوھان ۔ بیشتر صوفی شاعرن ہنٛدی پأٹھی چھِہ گی تہٕ منٛزی منٛزی وحدت الوجود ہوٕبن فکری

نا گرادن ہنٛز فلسفیلہٕ کتھ محض منظوٗم زبانٲ منٛز باوہو ۔ یتھبن موقن پیٹھ چھُ باسان زِ شاعر چھُ محض یِم کتھ بوز بوزایہ موجب باوان نہ زِ محسوٗس کرِتھ۔ خاص کر ییٚلہِ سُہ کانٛہہ شعری تجربہ بیٚیس کُن مخاطب روٗ زِتھ باوان چھُ تمہِ ساتہٕ چھُ نہٕ تسُنٛد تخلیقی جودتھ پوٗرٕ پاٗٹھی واش کَڈِتھ ہیکان ۔ یتھبن موقن پیٹھ چھُ تسُنٛد اوٗسلوٗب کینٛژھا ناصحانہٕ تہٕ بنیوٗ مُت ۔ مثلن ۔

اول گوھ پیٚش رہبر خودی کر دوٗر از سر
تصوف بنیو وزر ژلی زنگار دیکھو



گوڑ کر چشمہٕ پُرنم خاب چھے بیا کھ عالم
ڈیشتھ راتک خاب صبحن کیا زِ نایاب
تیٚلہِ وَن یِم کم بربم خاب چھے بیا کھ عالم



غلفتہٕ نشے گوھتو بیدار پوٚزتہٕ سپد کھ موختے ہار



روٗح تہٕ موٗز پانہٕ وٲنٛز چھی یار یار
ییٚژ ییٚلہِ ژھینہِ تے موٗر کتھ بکار
مگر ییمہٕ ساتہٕ نعمہِ صاٲب بیٚیس کُن مخاطب سپدنہٕ روٗ ن پانس


Scanned by CamScanner

متعلق باوان چھُ تمہِ ساتہٕ چھُ تسُند شارُت تۄن نیران ۔ شاعری چھِنہٕ مُلہٕ تلہٕ پنٕنی گۄڈ رن حاژِ باوتھ تہٕ سوتمو لفظو ڈسی باوِنی ۔ تھ پرن وول تہٕ تتھ تمی انملنہٕ ژینہِ ۔ نعمہٕ صاٲب ییٚلہِ یہِ انداز رٹان چھُ تمہِ ساتہٕ چھُ تسُند اظہار محسوٗس گری مَتہٕ تجربک رنگ رٹان ۔ یا باضے چھُ سُہ بیٚیس بدلہٕ پانس کُن تہٕ مخاطب سپدان تمہِ ساتہٕ تہٕ چھِ شاعری ہِنٛدی عنصر پوٚچھر پژاوان ۔ یِوہ مثالہٕ چھِنہٕ تمسٕنز شاعری منٛز یسلہٕ ۔ کینٛہہ مثالہٕ وُچھو:-

ہا یارٕ زاٲج تھس نار دولو مارٕ متیو وے
بے عارٕ گری تھم پارٕ عشقٕنی خارٕ متیو وے



آدن روٗدُم یاٲنی پیٚوم سادس
تام آمو تور ے نادس



دالس بٕتھ دِل گوم دِل گوم اُلفچہٕ شایے
میمس مَد قابِلِ پیوٚم لامَس تمہِ گُے سایے



کربالیہ رنجیوٗم عالم ژھنجیوم گنجہٕ مے سینہٕ سپارے لولو
ہر تارِ عشقنہٕ یوٚہے سوز چھُم وزان سُے سوز موٚٹھیا میانہٕ یارٕ دولو

نعمہ صاب چھُ ییتھِ پاٹھۍ سنجید موضوعن ہُند شاعر تہٕ اتھ
شاعری منز چھِنہٕ تہٕ طنز و مزاحس کانٛہہ جاے۔ مگر اَکِس کامیاب
شاعرٕ سُند بجر چھُ یہِ آسان زِ تٔمۍ سُند شعرٕ تجربہٕ چھُنہٕ صرف پرٛتھ
دورٕ کین بلکہِ پننہٕ دورٕ کین تقاضن ہُند تہٕ حوالہٕ تھاوان۔ اتھ منز
چھُ سہٕ انسأنی تجربہٕ آسان یُس انسأنی تضادن تہٕ پیچیدگین ہنٛدی
کم کم رنگ کم یا زیادٕ پأٹھۍ وُچھان چھ، شیخ العالمؒ سُند کلامہٕ چھُ
اَمۍ رٕژ مثال۔ شاعر چھُ حساس ساجی فرد تہٕ سہٕ روز تہٕ پننِس
سماجس کُن تھر پھرِتھ بلکہِ یہِ کینٛہ ھاسہٕ ژینان ژر ژان چھُ سہٕ
چھُ کُنہِ تہٕ کُنہِ پأٹھۍ تسندِس کلامس منز جاے رٹان۔ نعمہ صاب تہٕ
چھُنہٕ پننِس سماجس مشراوان بلکہِ امچہ ریاکأری باضے عریان تہٕ
کران۔

أزکی درویش پُرفن تٔمن منز کینٛہہ چھِ رہزن
چھِ پراٹھن منٛد چھاون کران بزگار دیکھو

صوفی شاعرن ہُند محبوٗب شاعرانہٕ وَل چھُ تمثیل۔ شمس
فقیرٕنۍ " سنٛزٕ یاہ گوھی تھے " اُسی تن یا پرمانندٕنۍ " کل تہٕ
ژھاے " بیشتر شاعرو چھُ پننہِ شاعری منز تمثیلی رنگ ورتأوِتھ
روٗحأنی دُنیا ہکۍ تجربہٕ تہٕ مشاہد بأوی متۍ۔ نعمہ صأبس نِش تہٕ چھِ
اُسی کُنہِ کُنہِ تمثیلی رنگ وُچھان۔ خاص کر چھِ اتھ سلسلس

منز ''دوہ پلہٕ پیٔنہٕ آدن یار''، ''دِل گوم اُلجہٕ شایے'' ہیترِ وۄنِن چھِ اَتھ سلسلس منز اہم۔ باسان چھُ تیٚنزِ شاعری منز چھُ فارسی ''قلیل دمنک'' واریاہ اثر۔ یہِ چھُ اغلب تکیازِ فارسی دلیلن ہُنْد چلے جاو آسہِ ہے لازمَن تمن دوہن تہٕ نعمہٕ صاب آسہِ ہے صوٗفی محفلن منز یم دٔلیلہٕ بوزان۔ اَمہِ علاوٕ چھیہٕ تیٚنٛدِس مجلس منز باقی شاعرن ہنز اُڈرن نظر گوٚھان۔ کُنہِ کُنہِ چھُ تیٚنزِ شاعری منز رسول میرنہِ شاعری ہُنْد پوٚت گژھ تہٕ کنَن گوٚھان۔ خاص کریُس سراپا بیان کرنک جسکاوتمُس منز ناکارٕ چھُ نہٕ چھُ رسول میرس کُن یکدم پرن والِس نظرن پھِران۔

موے چون کیا سمبُل ہوتھ یارٕ کمن کمن
ترأوِتھ ژٕے پریشان بُلبُل ماسمن سمن
نازِ کہٕ خنجرٕ ستۍ عاشق مأرِتھ ژٕے مکتی
سُے خوٗن مٔلتھ دزاکھ پٔتمِن نمن نمن



ژُل برقہٕ از روے پانہٕ تے دیوانہٕ کوٚرتھس اے صنم
بُلبُل ژٕ چھُکھ نالان تے مستانہٕ کوٚرتھس اے صنم

نعمہٕ صابنہٕ شاعری چھیہٕ یہِ کتھ تہٕ گاشراوان زِ اتھ دورس منز چھُ اردو زبانۍ ہُنْد اثر کاشرِ زبانۍ پیٚون ہیوٚتمُت۔ تیٚنٛدِس


Scanned by CamScanner

کلامس منز چھُ کُنہِ کنہِ اُردو لفظت تہٕ نظر گوھان۔ بلکہِ یہِ لفظت چھُ تمہِ آیہِ ورتاونہٕ آمت زِ اتھ ہکو کاشرِ زبانٕ ہُند "ریختی" وَنتھ۔ حالانکہِ یہِ دُلسانی تژاے چھنہِ شاعرانہٕ فنس ددارِ تہٕ واتناوان مگر یہِ چھِ کنوہمہِ یاوُہمہِ صدی ہندِ بیشتر شاعرن منز اُسی دُ چھان۔

بہرحال نعمہِ صاب چھُ کاشرِ زبانٕ ہُند اکھ میوٕٹھ تہٕ موٗدُر شاعر۔ تیٚمنٛز شاعری چھنہٕ چھرا شار تہٕ لحاظ اہم۔ بلکہِ چھُ تُہند کلامہِ پننہِ زمانک وارِیاہ کینٛہہ ثقافتی رنگ ہتھ۔ اتھ منز چھُ رنگہِ رنگہِ تمن محاورن، ڈِپ تمن تہٕ گنٛڈیٚمتین ہُند ورتاویم سانہِ لُکہِ میراثکو اژھین انگ چھِ۔ اَمہِ شاعری ہُند مطالعہٕ کٔرِتھ ہکن سانہِ کنوہمہِ صدی ہندِ ثقافو تہٕ تہذیبکی تم گوشہِ تہٕ رنگ جلوٕ گر سپدتھ یم وقتہٕ کِس بہاوس ستیٚ وونی گٔژ سپدِ نی ییٚتہٕ ستیٚ چھِ۔ لسانی اعتبارٕ تہٕ چھنہِ یہِ شاعری اہم۔ اتھ منز چھُ وارِیاہ روایتی لفظت رُژھرتھ۔

یُتام زن وونی نعمہِ صابنہِ شاعرانہٕ روتبک سوال چھُ اتھ متعلق ہکو ہی ؤنتھ زِ نعمہِ صابنہِ کامیأبی ہُند ثبوٗت چھُ یی زِ تہُند کلامہِ تھوو عام کاشرِ ینٛس وونٛدس منز رٔچھِ کٔرِتھ۔ حالانکہِ نقادو تہٕ ادبی مورخو ورتاوٗ اَمِس متعلق غفلتھ۔ تہٕ حد چھُ یہِ زِ عبدالاحد آزاد ہوی سنجید تہٕ عرق ریزی کرن وٲلی محققن تہٕ دِژٕنہٕ

اُمِس پتہٕ تۆ اُرتھ مژ جاے ۔ یِیلہِ زن نعمہِ صاب تِتھے اہم شاعر باسان چھُ یُت وہاب کھار، سوچھ کرال یا رحمان ڈار چھُ ۔ یہِ چھُ ناممکن زِ " بے دردِ دادِ چانہِ " ہیوٗ رٔسیٖل بأتھ کیاہ آسہِ ہیٚہ آزادتین کٔرِتھ تام ووتمت ۔ مگر نعمہِ صاب ہرگاہ عالموتہٕ محققوتۍ وو عام کاشُر ماتراوِہس تکیاہ زِ تسُند کلامہِ اوس تہندی باپتھ ۔

نعمہِ صابنہِ کلامچ مولانکون چھیٚہ ہنا مشکل تکیاہ زِ وُنہِ چھُنہٕ تسُند کلامُک کُلہم سرمایہ یکجا سپُدمُت ۔ ممکن چھُ زِ تمہِ آسن اَمہِ کھوتہٕ نادِر تخلیقی فن پارِ تخلیق کٔرِمتۍ یِم وۄنیکتام تہٕ گال کھاتس گٔمتۍ چھِ ۔ یا تسُند یہِ کینہہ کلامہِ اَسہِ نِش موٗجود چھُ تمہِ کس موادس تہٕ متنس متعلق تہٕ چھُ کینہہ پھیر ۔ شعرن ہنٛدی صحیٖ متن چھنہِ وُنہِ تہٕ سرکھر سپدی متۍ ۔ تہِ گٔرِتھ تہِ یہِ کینہہ کلام وُنۍ کٔمن موجود چھُ تتھ بُنیادس پیٹھ ہیکو ؤنِتھ زِ نعمہِ صاب چھُ اکھ ناقابلہِ فراموش صوفی شاعر ۔

# حُورے مےٚ نیوٗنم ژوٗرِ دِل

اُمی یاٰری کرِتس باشِر حُورے مےٚ نیوٗنم ژورِ دِل
چھم جوش عشقُن سوندرے حُورے مےٚ نیوٗنم ژورِ دِل

عشقہٕ نارٕ دوٗد میون تالیٖنے
سور ما نیران مالیٖنۍ

دِبن چھم بِرن وارِو گرے حُورے مےٚ نیوٗنم ژورِ دِل

زِندہٕ پانہٕ یُس کرِ دور سفر
سےٚ اَنہِ مرِتھ خوش خبر

یُس موٗد وَن تس کیا مرَے حُورے مےٚ نیوٗنم ژورِ دِل

یُس گوھِ بُمہٕ زوٗ ، ژزار مُقام
تس پیٹھ دوزخُن نار حرام

جنتس ہنہٕ مو گرِ گرے حُورے مےٚ نیوٗنم ژورِ دِل

لا نِشہِ شاہ گوھِہ پرٛاوُنے
دِل گوھ کلمہٕ پرٛناوُنے


Scanned by CamScanner

شاہ چھم ہیتھ پننے گرے ہۆرے مےٚ نیٚونم ژورِ دِل
ووتھ ویٚسی وَسوٚرے باغ کنیٚ
پوشن چھےٚ پھُلیا بیٚون بیٚونیٚ
دبور ہیتھ گیٚم یمہِ لولرے ہۆرے مےٚ نیٚونم ژورِ دِل
بوٚمبرس یمبرزلہِ مسوٚلے
مُشکہِ روٚس رنگ روٚٹ فولے
ینہِ یار کوٚرنم بانبرے ہۆرے مےٚ نیٚونم ژورِ دِل
لچھِ وَلہِ گچھ ڈیہِ وُتھرس
رسہِ وَلہِ مسکی کھاسی برٚس
چھس زوٚن زَن لچھمو درے ہۆرے مےٚ نیٚونم ژورِ دِل
وولہِ ویٚسی مالہِ چھُ لوٚگمت
عاشقو جامہِ چھُ روٚنگمتیٚ
نادار مالس کیا کرے ہۆرے مےٚ نیٚونم ژورِ دِل
ناو کیا کرِ یتھ آبسے
لوٚگ نعمہِ صاحب مژ گردابسے
بیدار گوھ حافظ ذرے ہۆرے مےٚ نیٚونم ژورِ دِل





Scanned by CamScanner

# غزل

افسوس چھڑ تس کیُت یُس بے یار مُرِتھ گو
درآرِ زوے یار بے، دیدار مُرِتھ گو

مشہور ِ جہان را پونپور وار وُچھتن
در نار ڈیُٹھُن یار یک بار مُرِتھ گو

از دیدۂ مہرو زاہد دیدہ نہ دارد
از ترس خُدا را بہ دیوار مُرِتھ گو

بر زہد بہ تقویٰ دِل نہ تو ہرگز
بُلبُل صفت باش بہ گل زار مُرِتھ گو

گُل گئے غونچہ گئے چمن برگ ریز گئے
در باغ وُچھان وُچھان نعمہ گُل روخسار مُرِتھ گو




Scanned by CamScanner

# بہ مازانے

أندرنیبرے بُستھ پانے ژٕستھ آو یار بہٕ مازانے
ہو الموجوٗد قرآنے ژٕستھ آو یار بہٕ مازانے
وۄ جوٗد ڈٔری یاو دِل چھۄ صدف ژٕ موزان گچھ برف برکف
سپد ڈۄنگل لبگھ شہوار ژٕستھ آو یار بہٕ مازانے
گوھُس محرم وُچھن ترأوِتھ پئے پنہٕ کیا چھۄ وبوھناوِتھ
ژٕ مو گوھ مس نرگس وار ژٕستھ آو یار بہٕ ما زانے
گوھو مشتاق میانس مٔز وُچھن کیا پُر ساملنہٕ سٔز
کسوٗ انوار گسوٗ اطوار ژٕستھ آو یار بہٕ مازانے
وَنے بو سپر ژبتس تی تھاو أندِری ڈٔرچھے نیبری پٔڑزٕ ناو
کھٔلِتھ یِی چھے تی آشکار ژٕستھ آو یار بہٕ ما زانے

چھُنا نعمو بیگانہٕ کانٛہہ
گرے کرتن سَرے بادشاہ
یُسے وانگ سنے خانہٕ دار
ژٕستھ آو یار بہٕ مازانے

# امارن چائنِ مے زآ جنم تن

امارن چائنِ مے زآ جنم تن — بہ للہِ وَن یار مژ چشمن !

کوٚرُس فلواہ بہِ اَمارن — بہ للہِ وَن یار مژ چشمن

کم جامہِ ژری بہِ چھُ لاگِتھ نالی — ماہِ مشالی چھُ آمُت سالی

گاہ چھُم درمن گاہ دیدن — بہ للہِ وَن یار مژ چشمن

ملکن فلکن بیٚون بیٚون ساز — بوزان گوو ملکوٗتک وعظ

تیلہِ چھُکھ زاُقف ژون ضربن — بہ للہِ وَن یار مژ چشمن

ژون ضربن چھی بیٚون بیٚون شاہ — ئیرِ کرِ گم گیہِ ژور بادشاہ

اکھ چھے سردار سردارن — بہ للہِ وَن یار مژ چشمن

زَرِ زَرِ زاُلتھ ترِاوٗن زُنّار — پَرِ پَرِ ستی ما چھُ مِلوار

اکہِ زَرِ سوٗر گو کوہہِ طوٗرن — بہ للہِ وَن یار مژ چشمن

یابن بہ موسیٰ ؤچھکھ کوہہِ طوٗر — گاہ پیوم لاگن تتہِ سُنی ژوٗر

جَلوِ تمہِ شایہِ چھنہِ خام عاشقن — بہ للہِ وَن یار مژ چشمن

پردِ گوڈِ مُوراو ؤچھکھ انوار — دَم رٹھ پانے چھکھے دَمدار

نعمہِ ستی ستی چھے دَمدارن

بہ للہِ وَن یار مژ چشمن

# بہ مشتاق گوسَے جلالس

از اوس یار سانہِ سالس — بہ مشتاق گوسَے جلالس[1]
وَنہِ کیا صاحبہِ حالس — وَنہ ہَس تھوونم نہِ بالہِ حبس
سُہ ناؤ چھان کیپلس تہِ کالس — بہ مشتاق گوسَے جلالس
بے شک کوٗرنس پا مال — فندِ اکہِ لوینم زاٗویل زال
زال نالِکی وُچھم زالبازس — بہ مشتاق گوسَے جلالس
ہم خانہم ہم چھُم خیالس — میوٗل گوم اُلفس تہِ دالس
ملنہِ بوز کیپلس تہِ کالس — بہ مشتاق گوسَے جلالس
بے زان کیا مصوٗرس — غافِلو کھورکھ بردار
موٗت گوو یارِ ہنڈِس حالس — بہ مشتاق گوسَے جلالس
نعمو روز اَتھ خیالس — صاحبہِ حالس پان پشراو
شانہِ تھڈِس صاحبہِ جمالس — بہ مشتاق گوسَے جلالس

---

[1] یہ بۄتھ چھُ کوڈمچہِ لڑِ چھاپ سپدان۔


Scanned by CamScanner

# اَسہِ مالہِ پُشرے دَلیس تیَیے

اَسہِ مالہِ پُشرے دَلیس تیَیے
اُسی وُچھو چانہِ ڈسی ییے کیاؔ
ژے چھکھ معرفت چوئے مویے
اُسی وُچھو چانہِ ڈسی ییے کیا
ژے نِش پاُدِ گوو آدم مَیے
ژنے نِش نوّن گوو ملک الجبار
ژے چھکھ زَم زَم ژے چھکھ مویے
اُسی وُچھو چانہِ ڈسی ییے کیا
چوئے فصلا چوئے پیے
ژنے چھی صاحبو کران زارِ پار


Scanned by CamScanner

چوئے جھتکھ مولا ڈِرے جھکھ دَیے

اُسی دِچھو چانہِ ڈِسی ییے کیا

موے خانہ اندرے چودھس مویے

موے خانہِ بُری بُری چھی بیشار

ڈِرے جھکھ شمع پروانیے

اُسی دِچھو چانہِ ڈِسی پیے کیا

رندن گنڈان درشن پینے

رندِ باشی کرِنی سبٹھاہ دُشوار

چوئے باغ تے میوٖ چوئے چھیے

اُسی دِچھو چانہِ ڈِسی ییے کیا

بُلبُل گُلن مثو نالان چھیے

باغ بوستانس پھولنس گلزار

بہ گوھتھ بُلبُل نالان چھیے

اُسی دِچھو چانہِ ڈِسی ییے کیا

اصلک فصلا عاشق چھیے

عاشق چھی کران لولہِ دربار

افتادِ روٗزتھ مشتاق چھیے
اسی وچھو چانہِ ڈیکھ یِیے کیا
وَتہِ پکھ طالبوَتھ یِیہے چھیے
وَتہِ وَتہِ ادِ ہو کرکھ دیدار
دیدار وچھان بیدار چھیے
اسی وچھو چانہِ ڈیکھ یِیے کیا
زانہِ کیا بےزان زان کیا چھیے
از ہوش چھی چھوان مَس بسیار
موے چیٚو نعمتن مس موٗدُر چھیے
اسی وچھو چانہِ ڈیکھ یِیے کیا




Scanned by CamScanner

# آبہٕ کِس باغس پھوٗلے بہار

آبہٕ کِس باغس پھوٗلئے بہار¹
ہا وولو دیدار ہاوٲنی
آبہٕ کِس درختس آیکھ پوش
نوٗرٕ کیو پوشو نیوہم ہوش
بازان بُلبُلس بَر گُل قرار
ہاوولو دیدار ہاوٲنی
آبہٕ کِس باغسٕ چھے اندر ناگ
مٲہر لاگِتھ تِتہٕ ہیو زاگ
ہا صدف تن بَن دُردانہٕ ژھار
ہاوولو دیدار ہاوٲنی
گوڈٕ بَن بادپد دوٗر لاگ دَمدار
دَم رَٹھ سپدَکھ پوٗرٕ عیار
دانہٕ بَن اُتھہ وُرس زنٕہٕ چھُے قرار
ہاوولو دیدار ہاوٲنی

ڈَمس ڈیہ دِتہ دیدن روز
از دیہ ڈِٹھے چشمو یوز
چشمے با دُر کر گفتار

ہاوہلو دیدار ہاوانی

ہو ہو پران افسانہ بن
مَس بَن دُر تے دُر بن تن
درسُراخ آتھ دُرس لوت چھے تار

ہاوہلو دیدار ہاوانی

وون مے دیت مے گام وشہار
از عرض و سما در بازار
اتھہ ہبتھ گوہ تے وطن ژھار

ہاوہلو دیدار ہاوانی

شاہَس نشہِ شہَن لو بے قرار
شاہ گو و سَرِ تے سپنے یار
نعمو تتے روز دامن دار

ہاوہلو دیدار ہاوانی




Scanned by CamScanner

# آدن رووُم یانٔی پیوٚس ساد

آدن رووُم یانٔی پیوٚس سادس¹

تام آمو تورے نادسِ

ہوٗ چھُ دژ امُت میٚو جامہٕ ژٕلتھ
میٚو منزے گُل آیہٕ پھٔلِتھ
گوُ ہِ خاَکس ستۍ خاک رٕلتھ
تام آمو تورَے نادس

تس چھِ جماتھ پٔنٕی گرَے
ژرزٕ دفتر بیٚہِ مَس خرے
حاَرتھ اوٚنم کیا ہیکہٕ ژٕرِتھ
تام آمو تورَے نادس

ژرزٕ یامَتھ مژراو روٗنے
سُے سامانہٕ گوٚنڈ آرِ میٚنٔے
لالُک قمت سپدیا کنے
تام آمو تورَے نادس

رنگہٕ رنگے جامہٕ بانڈس ناٗلی
رانڈس لوکٕٹس ناو کوٗرنم گیاٗلی
اطلاس زرباب پیٚہٕ ۄڈۄنی ساٗڈی
تام آمو تورَے نادس

مسجدٕ کُن قدم گوٗڑھ دِنٕے
پُرٕ اُمید چھُم آر وُچھ نوٗنٕے
دیدارس کیا منگہٕ اوٗنٕے
تام آمو تورَے نادس

سیرس گنج بَرٕ سپنہٕ وٕژُن
سَرٕ گوٗڈی کیا گوٗو وٕژُن
اَوٕرنٕے دیہٕ کیا کرِ نوٗن
تام آمو تورَے نادس

شمن طرفن چھے اَمہٕ گےٚ پے
سازو وصوٗل داٗیرٕ سورنے
رِندٕ عاشق ہردَم چوان مَے
تام آمو تورَے نادس

نعمو اَتھ ہَرٕیا تحقیق
زندٕ یُس موٗدلس کیا چھُ باقٕے
تتھ چھ گواہ مولوی تہٕ ساقی
تام آمو تورَے نادس


Scanned by CamScanner

# بہ پأرے خان

بہ پأرے خان تِی گوھ جان ہے وِیسی یے

بنتہٕ مہمان تِی گوھِ جان ہے وِیسی یے

وُچھکھ زٕنفلو تہٕ بگو مار چھی کارِتکو سومبُل تہٕ ریحان تی گوھِ جان

ہے وِیسی یے

آفتاب ڈیٖشتھ زوٗن چھے مند چھان تارکو سان تی گوھِ جان

ہے وِیسی یے

ہادہانہٕ ڈیٖشتھ غونچہٕ وُچھ مے اَسان بُلبُلو سان تی گوھِ جان

ہے وِیسی یے

یم تیر جگرس دِتی ھتم دأرِتھ چھسے للہٕ وان تی گوھِ جان

ہے وِیسی یے

دنَد لعلِ یاقوت چھی کُرِتھ تم سکوٗت سورخی سان تی گوھِ جان

ہے وِیسی یے

نعمہٕ لکہِ پأری ژٕنے ہا معشوقو از دِل و جان تی گوھِ جان

ہے وِیسی یے

# ماہ روخسار دآری

بے زِ ماہ روخسار دآری اے کریم
پرتوے انوار دآری اے کریم

قد چھُ شمشاد یا صنوبر کامکس
سَروِ خوشِ رفتار دآری اے کریم

چشمہٕ خوٗنی گیہ مےٚ یارو ژےٚ وُچھان
چہرَ گُلنٛ انار دآری اے کریم

موے عنبر تا قمر چھس بوٚیِ تو
بر قمر شب چار دآری اے کریم

کالہٕ سرفو نال وۄلہم شوقہٕ سان
زُلف چھس شہمار دآری اے کریم

کرتہٕ بمن اکھ اِشارا نازِ ہتۍ
نازو ادا سار دآری اے کریم

بہرِ نعمہ مارنے آو خشمہٕ سان
صد سپاہ سالار دآری اے کریم



ا

# یارن ؤجنس مایہ

بُرقہِ تلکی ماران گزلیہِ گوش وارن　　یارن ؤجنس مایے لو
شیرین خندِ مستی فندِ چھم مارَن　　یارَن ؤجنس مایے لو

نمازِ اوس کران دون روخسارن　　زُلفن خال تموزو ڈھایے لو
بندِ اُسی گِندان مستی شہمارَن　　یارن ؤجنس مایے لو

ہاَرنجہِ بُجے گُمہِ اوس چارن　　الماس تیر مولایے لو
بے زرِ ماُری اُمی سِلاح دارن　　یارن ؤجنس مایے لو

ہرنے چشمن سورمہ اوس چارَن　　کُس ٹھپرِ اَتھ بلایے لو
تاب اؤنہِ شیرو تَنہِ اپشارن　　یارن ؤجنس مایے لو

خلؤتھ ہِی تھِے زال اوس پارَن　　کُشہِ زانہِ جھنوے رایے لو
زالہِ اوس لاگان جاناوارن　　یارَن ؤجنس مایے لو

تمہٕ شلیہٕ نۆر اوس ژۆر سبزارن    کچھِ منز اَچھِ پوش زایے لو
ژونہٕ ڈیہ گاہ ترٛ وو نورِ ابصارن    یارن وٕجنَس مایے لو

بستہٕ خنجرٕ متۍ اوسُم مارٕن    کٔشتہٕ گئے وٕتھۍ تمہٕ شایے لو
بُستی ترٛ اُوِتھ بُسۍ وُ جارن    ہارَن وٕجنس مایے لو

سوٗزِش دِتۆ دجہندے گتہٕ اُڈٕ نارن    تمہٕ صأب پگھ کینژھہ میٖہ بروایے لو
بے تاب عاشق کبجہٕ اسی تھلان    یارن وٕجنَس مایے لو



# پڑاران چھس یمبرزل

یۆمبر و کیا چھکھ ژھارن گارن
وَلہٖ یۆری پڑاران چھس یمبرزل
عشقے پیچان رزِ پان کھارَن
پوشنۆل میۆن بَرے گو
گُل پیۆم ژھارُن مژیمن نازن
ولہٖ یۆری پڑاران چھس یمبر زل

عاشق اوسُے ما شوق گارن
اوسُے لارن راتھ کیٛو دبن
عشقہٖ کرتلے سر اوس دارن
ولہٖ یۆری پڑاران چھس یمبر زل

سُلہِ یمبرزل ہوٚمبرس ژھارن
آسی کران سالمنہِ سَتُو
ویرِ ہوٚمبہِ نے اوٚش اُس ہارن
ولہِ یوٚری پڑاران چھس یمبرزل

پۆچھ بارانے نیستانن
گُنیم سوٚراخ پے در پے
چیے پیرِ تم موے اُسی مارن
ولہِ یوٚری پڑاران چھس یمبرزل

نعمو گِنڈ سا مِتی شہمارن
جامہِ جَمہِ تے سَرِ کرتن
تم زانن ہا یم مانہِ ژارن
ولہِ یوٚری پڑارن چھس یمبرزل





Scanned by CamScanner

# سوز عشقن بہ کیا وَنے

بوزِ ڈن چھکھ بہ کیاوئے      سوز عشقن بہ کیا وَنے
روز دَما دَر گلشنے      سوز عشقن بہ کیا وَنے

آے پھوڑلتھ گلستانے      جُملہِ گُلن مُو چھے پانے
ہر بہارس پتہ خزانے      سوز عشقن بہ کیا وَنے

پے گُلس چھے مؤلہ تلے      آیہ پھوڑلتھ گُلچ پھلے
گوھو بیدار ہا بُلبلے      گُل بَرِ گئے بہار پنے

گُل بَرِ گوگلہِ نشہِ پھوٹے      زلفہِ سے لیس دِل ہبچھ ژوئے
عشقہِ ژوُر چھے ماہ واتلے      یار لا گیتھ چھم مارئے

# بے دردِ دادِ چانہِ

بے دردِ دادِ چانہِ سؤ رہو سپدان
سوے لَے مُٹھیا میانہِ یارو لو[۱]

ہِکنہِ نے کوڑ ڈہے حضرتِ یوسفؑ
مِصرکہ اَمہِ بازارو لولو

ثنے خُدائے سؤ زئے رُت خریدارو
مُلو ہمت یوسفؑ یار لولو

مجنون کھویو نُجدِ کے بائے
توشہِ چے چھس وسان دارے لولو

بہِ ہلال آیہِ سَے سورمہِ تہِ سازو
تھوڑ ووتھو مَتہِ مہہ رازولو

فرہاد دڑایو پَنہِ ئے خیالے
تُمرُ ژھاُنڈی کوہ تے بالے لولو



---

۱ یہ باتھ چھ اچھوپ۔

شچھ پام بوزن پیوس اشہِ کالو
ؤسی پیئیس حبہِ تَے خالو لو

گر بالہِ رنجیوم عالم ژھنجوم
گنجہِ مَے سینہِ بیپارے لولو

ہر تارِ عشقنہِ یہُے سوز چھم وزان
سُے سوز موٗٹھیا میانہِ یارو لو

پشان پوشم مرُن موٗشم
درُن چھُ امہِ گٹہِ کارے لولو

صمدٕ مأری شہمأری ستہِ مأری بچھنس
نعمہِ رود تمہِ بازارے لولو





Scanned by CamScanner

# اَنتن سُہ مدَن وار

بُلبُل فراق ژٔنی دیوٗ گُلن اَنتن سُہ مدنوار[1]
صُبحکہِ وقتن نوٗر چھے پھولَن عالم چھُ اَتھ وٕمیدوار
نظرے چانے بیمار بَلَن انتن سُہ مدنوار
خمار کیا چھے یمبرزلن ہرنن کران شِکار
شکارِ چانے جنگل الَن انتن سُہ مدنوار
جنگلٕ ڈیوٕ تُھم ہرنے ژلَن توری یہ ہمَس زاگ
سُہ چھُم زاگن ہتن تہٕ ہاژن انتن سُہ مدنوار
زاہ کیا لوٚدنم میٚہ غافِلس بوزان چھُم نہ فُریاد
موٗرُس بہٕ چاڑٕنی تغافُلن انتن سُہ مدنوار
شامس دوٚ پنم صُبحس بلَن بیمار عشقہٕ آزار
نعمسؔ دِل تَمہِ تاوِ تلَن انتن سُہ مدنوار



---

[1] یہ باتھ چھُ غاٗر مطبوٗعہ

# یِم رنگ بہ نوزانے

بے رنگ بارنگ پانے　　یِم رنگ بہ نو زَانے۱
ہر رنگ دِتھ چھُ ڈُکانے　　یِم رنگ بہ نو زانے
جسم ئِج زلفچہِ گزاے　　تشدید تھاوُنم ژھایے
بجِہ سطر گوم لبھانے　　یِم رنگ بہ نو زانے
روخسار زِ ے کوٹنی　　تھاوِتھ چھکھ ما ٹنی
نوقطس تلہِ کنہِ عاُنے　　یِم رنگ بہ نو زانے
ڈُردانہِ ڈُر چھے کِنے　　لال وتھرے روکِنے
سون لوڈتھم چمکِنے　　یِم رنگ بہ نو زانے
ڈُر ژھارنے وزاو ڈُردان　　ڈچھ نمہ ڈُر گے ڈکان
گُل ڈُر معنہِ یکسانے　　یِم رنگ بہ نو زانے


Scanned by CamScanner

# زان کرِتھ ہرِ آنس ستی

بِسمِ اللہ چھُ اِسمِ پاک تَس جانانس ۔۔۔ زان کرِتھ چھُ ہرِ آنس ستی
حورِ دزایہ دنوان حق سُبحانس ۔۔۔ زان کرِتھ چھُ ہرِ آنس ستی
زائنی ہنز خبر پز تژھیم بازانس ۔۔۔ حلکچہ شرا کے دوٗ پن دار سر
قبلن موتو چھُ پانس پانس ۔۔۔ زان کرِتھ چھُ ہرِ آنس ستی
گوڈٕ وس یارِ نَل اتھہِ بنتھ چھُل ۔۔۔ گلے آیہ ستی کر صیقل
تمہِ آیہ کھئے زٕلی اُیئینہِ خانس ۔۔۔ زان کرِتھ چھُ ہرِ آنس ستی
اول دِزِ وارِ گن تورِ کیاہ وَنن ۔۔۔ تور ما چھُ دیپان یوزُک سوخن
صمُن مبکم آیہِ منز قرآنس ۔۔۔ زان کرِتھ چھُ ہرِ آنس ستی
کس کس پیند زُک گوم گوشن ۔۔۔ جاے زٕجمو چھے پیٹھ وَنن
سیاہ لال پز اران مجنون خانس ۔۔۔ زان کرِتھ چھُ ہرِ آنس ستی
اتھ جلیہِ واُتھ کرتو قرار ۔۔۔ قالو بلا روحن دِتن اقرار
بُجہِ شُپ دیتنے نوحؑ سندس طوفانس ۔۔۔ زان کرِتھ چھُ ہرِ آنس ستی

چشمہٕ لوٚسم چشمن ژ چھانے  حاٗرانی ژٲیم حاٗراٗنی
چیر تھپ چھم مے پیرِ پیرانس  زان کرُنہ چھُ ہرآنس ستی
نفسن ستی روز محکم  نفسن ستی روز ہمدم
للہٕ مۆ کلہٕ ژوٚٹ نفسہٕ شیطانس  زان کرُنہ چھُ ہرآنس ستی
پوٗزا کرنہٕ ژاے منٛز دھرمٕ خانس  مو گیہٕ پیٚتس استانس
اَدِ گیہٕ ژٔژِتھ کھوٗ اسمانس  زان کرُنہ چھُ ہرآنس ستی
ژھنیہٕ ژھاٗرس گنڈان ستی میر میرانس  آسمن تاکمن منٛز باگ ژاے
لاڈ پتھ اتھہٕ آیہٕ نومردِ مردانس  زان کرُنہ چھُ ہرآنس ستی
تھاہ لیے عاشقو لولہٕ کس صدرس  قولہٕ سارِ یارِ ۔ نُندِ بانٛے
نعمہٕ رٹھ دامانہٕ شاہِ جیلانس  زان کرُنہ چھُ ہرآنس ستی





Scanned by CamScanner

# مُرِتھ دوٗ پنم کر گُفتار

پرِتھ تکبیر یارِی تراوٗنے  مُرِتھ دوٗ پنم کر گُفتار[1]
وٗنی زٕ دِتو پاپٕنی پانے  نشہٕ پانس چھے پرٕد دار
سر کرتن پرٕد ما چھے  مُرِتھ دوٗ پنم کرگفتار
لچھ بٔدی پرٕد کیاہ چھے  حدٕ روٗس لس بے شُمار
ہا ستی پرٕد زالے  مُرِتھ دوٗ پنم کرگفتار
لوٗگ چھوبر منصوٗرے  اَن پران کھوٗت سٕہ بردار
گُن تہٕ فیکون پیٹھ دارے  مُرِتھ دوٗ پنم کرگفتار
پرٕزٕتھ عارفو پروانے  کیازِ زولِتھ پان در نار
سٕہ چھُ مشتاق دیدارے  مُرِتھ دوٗ پنم کرگفتار
نعمہٕ لذت کیا تابدے  زلنہٕ لذت لذت دار
گوڈِ بُجن ستہٕ تا چھے  مُرِتھ دوٗ پنم کرگفتار

# عارِ روٚستے ہا یارِ میانے

پان مارے امارِ چانے　　عارِ روٚستے ہا یارِ میانے[1]

نقشہِ گوٚڑھ برسپنہٕ کھٔژن　　شہبازا لیہِ گوٚڑھ اٚنُن

بَنہِ یَس تے سُے وُنتھ زانے　　عارِ روٚستے ہا یارِ میانے

چھِ نے ذاتَس صِفات نأٗلی　　چھُ نہٕ اکھ ذرِ تس روٚس خأٗلی

اہلِ صفا یوٗہے نقطہٕ زانے　　عارِ روٚستے ہا یارِ میانے

چھوِرأٗونس أمی چأٗنی لولن　　بند کوٚرنس نفسٕکی جیلن

اٚند دژ الیس قبیلہٕ کژانے　　عارِ روٚستے ہا یارِ میانے

نعمہٕ ہردم تس گٔن مشتاق　　یَس چھِ دِیان قایمہِ حیات

عشقہٕ حُباب نوزانہٕ پرانے　　عارِ روٚستے ہا یارِ میانے



# تُمؑ تہِ نا کوّرُے وٗہِ تے واے

تہِ ووّ دشمن میانے کھوتہِ ژوّرُیے
تُمؑ تہِ نا کوّرُے وٗہِ تے واے[1]

پان زول پوٚنپُرِ زنٛدِ پانہٕ موّرُیے
تُمؑ تہِ نا کوّرُے وٗہِ تے واے

گوڈٕ اوس سوٚرُے در وأران
نَے اوس بٹہٕ تے نے مُسلمان

اَدِ آو آدم کلمہٕ تُمؑ پوٚرُیے
تُمؑ تہِ نا کوّرُے وٗہِ تے واے

لوتہِ لوتہِ پوّز ون کتیو آکھ
گٹہِ منز دِتھس جامن چاکھ

۱ ــ لاُتھ چھنہٕ دِنہٕ حساب سٕدمُت۔

مَن عرفہ نفسۂ ییلہِ تُمِ پوٗرییے
تُمِ تہِ نا کوٗرے وُہی تے واے

دوٗ پنم ژون غربن تھاو زان
ہَنہِ ہَنہِ مارتن نفسِ شیطان
عُشقنہِ شژاکہِ ستیٖ ذبح تُمِ کوٗرییے
تُمِ تہِ نا کوٗرے وُہی تے واے

موسیٰؑ یام کھوٗت لولہِ کِس طوٗرس
لولہِ ستیٖ وُچھنے نوٗرے نوٗر
یار ییٖلہِ ڈیوٗٹھن اوٗش تُمِ ہور ییے
تُمِ تہِ نا کوٗرے وُہی تے واے

شیخس ہیٖز یانہِ ہوو نے پان
فنہکہِ وَتہِ پٹھ پان ماران
وأصلن وصلک واعظ تُمِ پوٗر ییے
تُمِ تہِ نا کوٗرے وُہی تے واے

ڈیکہِ ٹکہِ تابان ہیٖیہِ سورمہِ ساز
لاگِتھ یارس چھِے شوٗبان
پوٗختہِ کار ہیٖنے موٗختہِ جُری جُری ییے
تُمِ تہِ نا کوٗرے وُہی تے واے

مجنونن رئڈ نجدکو بال
دیدن لال چھس عأنہِ درحال
ڈیشتھ گاٸتو کلو تے ذرٸے
تمُر تہِ نا کوزُرے ؤہر تے واے

ستن ڈریاون دیتُنے دَم
تور نو والی کاثہہ غأرِ دم
وڑن دیٔت نعمتن یُس نار دوٚ دیے
تمُر تہِ نا کوزُرے ؤہر تے واے



# دیوانہٕ کوٚرتھس اے صَنم

گُل بُرقہٕ از روے پانہٕ تے
دیوانہٕ کوٚرتھس اے صنم!

بُلبُل ہٕژ چھُکھ نالان تے
مستانہٕ کوٚرتھس اے صنم

در وأحدی چھُکھ پانہٕ دَے
زُلفن کران چھُکھ شانہٕ تے

برباد خان و مانہٕ تے
وأران کوٚرتھَس. اے صنم

چھُکھ پانہٕ نمان پانہٕ ہے
آوارٕ کوٚرتھس یارٕ ہے

حد روے منٛز بازرٕ ہے
سوزان کوٚرتھس اے صنم

بے زر چھُس نتہٕ چھُس زروار
پرٛژھتھم نہٕ زانٛہہ کیا چھے آزار

یوٗت کیٛاہ میٛہ پٔٹھ چھے خُمار
بے جان کوٚرتھس اے صنم



Scanned by CamScanner

از بہر مولا روے ہاو     شہر خار لے موٗ تھملاو
در پردٕ سأری ٹھرٕ مۂ تھاو     گیہران کوٗر تھس اے صنم

زانیوم زرہا گوو پکن     رٕوٗدُم نہٕ بوزٕن تے وٕنن
درقاُدِ حاُرتھ چھم سپُن     بیگانہٕ کوٗر تھس اے صنم

بے سر چھس نا بے پرے     نعمتؔ پہٕ جانٕ منتظرے
دَر دِل گوید دلبرے     در دام کوٗر تھس اے صنم



---

۱؎ یہ بأتھ چھ غأر مطبوٗعہ۔


Scanned by CamScanner

# پَد

چشمن چشمہٕ گو آب گٔژ ژورُے سوزُے یہ چھُ معراج
آبہٕ نِش آب دزٕ او سوزُے چھُ لوزُے آپےٕ چھُ صاحب تاج

پانے چھُ آفتاب پانٕے چھُ مہتاب پانے پٔژ زٕلتھ سراج
وُحدتھ ستہٕ کرٕھ وچھی نو تورٕے گرٕژو گوم ستہٕ تاراج

ییٚوھِ سان گتہِ آس پَوھ چھس لوزُے کرٕھِ بو دِمس مجاز
پانے قاصِد پانے بادشاہ پانے بر تخت و تاج

عشقہِ مُتٕی نِشہِ یار پانس کھوزُے خُشمتھ دیتُنس تاج
رنگہٕ رنگہٕ بیرنگ ہررنگ پانے نعمن کیا چھُ احتیاج

○



Scanned by CamScanner

# وُچھُم چوان موے پاٸَس

چھُ ساقی مٹز موے خانس — وُچھم چوان موے پاٸَس
بران موے عشقہِ پیمانس — وُچھم چوان موے پاٸَس

یہِ موے چھے اَندرے نیٚرے پَے — توَے گو گُل شی حَی
یہِ مانے وُچھ مےٚ قرآنس — وُچھم چوان موے پانس

مُحیط مٹزے قطرا دڑاو — مُحیطس قطرٕ وٚون دِنہِ ژاو
مُحیطس گژند کرِن نژنس — وُچھم چوان موے پاٸَس

مےٚ چھنہِ فتوٰی اَن دپنس — مےٚ دوٚپ منصوٗر گژاو آیہ تس
وُچھان یارس لوٚ دُکھ دارس — وُچھم چوان موے پانس

